## ذیل کی کتابیں ہم سے طلب کریں

چھاپ غلام محمد نور محمد

ان اللہ وملئکتہ یصلون علی النبی یا ایہا الذین
امنوا صلوا علیہ وسلموا تسلیما

الحمد للہ والمنہ کہ اندرین زمان سعادت نشان میمنت اقتران کتاب

# کحل البصر

فی شرح

# الکبریت الاحمر

کا نثر مکمل و مدلل شرح

از احقر عباد اللہ القوی الباری ابو محمد السید عبد اللہ القادری
الحسینی المنطقی تجاوز اللہ عن ذنبہ الجلی والخفی خادم سجادہ درگاہ
عالیہ عالیہ قادریہ غوثیہ عالیکدل و متولی مسجد جامع سرینگر کشمیر

حسب استدعاء
غلام محمد نور محمد تاجران کتب مہاراج گنج بازار
سرینگر کشمیر در ۱۳۸۱ھ طبع گردید

در ماہ مبارک مسعود و محمود رمضان المبارک ۱۳۸۱ھ طبع گردید

بسم اللہ الرحمن الرحیم

الحمد للہ حمداً کثیرا وصلی اللہ وسلم علی سیدنا محمدن الذی سماہ فی القرآن بشیرا ونذیرا وداعیا الی اللہ باذنہ وسراجا منیرا وعلی الہ الذین قال فی حقھم انما یرید اللہ لیذھب عنکم الرجس اھل البیت ویطھرکم تطھیرا۔ اما بعد

گدای محمدی و جیلانی فقیر حقیر سراپا تقصیر الراجی من رحمۃ اللہ سید ابو محمد میر عبد اللہ قادری حسینی منطقی قاسمی عفی اللہ عنہ وعافاہ خادم درگاہ علیہ عالیہ قادریہ غوثیہ ومتولی مسجد جامع کشمیر جھوا اہل فضلن مہندس خدمتش اندر گذارش گران کہ مہ آسوانہ چند سال بخاطر تمنا و آرزو

کہ بوکرہ ہا کبریتِ شریفس کا شرح شرح ۔ چنانچہ ہیوی
خیال در دل رٹن با وجودِ عدیم الفرصتی و ناتوانی آسو
اکثر حصّہ در سلک تحریر آمُت ۔ اندرین اثنا آیہ منش
تاجرِ باوقارِ نامدار خواجہ نور محمدؐ صاحب مالکِ فرم غلام محمدؐ
نور محمد وکوہ نور پریس سرینگر کشمیر ۔ خدایِ تعالیٰ کرن تمن
با جمیع اہل و عیال و اطفال صحت و سلامتی نصیب تہ
تہندس تجارت و کاروبارس اندر کرن روز افزون ترقی
عطا تمو کراسند عامہ منش امہ مذکورہ کاشرہ شرحک مِہ
سپردس اندر ستھاہ بشاشت تہ فرحت کیتھ سپدِ فال
نیک نیومہ کہ شاید منظوری تہ قبولیت آسہ جناب حضرتِ
محبوب سبحانیہ سنز رضی اللہ تعالیٰ عنہ یتھہ کاشرس ترجمس اندر
متوکلاً علی اللہ کرِمہ امکس تکمیلس اندر ستھاہ کوشش تہ
انجام واتناوُم فالحمد للہ الذی بعزتہ وجلالہٖ
تتم الصالحات ۔

مورِ مسکین ہوسے داشت کہ در کعبہ رسد
دست در پای کبوتر زد و ناگاہ رسید

امید چھوس نهوان از اہل علم و فضل کہ بوگڑھہ پر سہو و خطا مطلع کرُن تا ابنکہ دوبمس ایڈیشنس منزن تمہ غلطیہ دور کرنہ انشاء اللہ والله ولیُّ التوفیق۔

## تمہید و مقدّمہ

درود کبریت الاحمر چھو سو وظیفہ یمکو ورد رانس تہ دوہس لا تعداد آسان چھو۔ امکبو برکاتو سیت چھو عالم سیدان مستفید۔ امک بعضی الفاظ تہ بعضی ترکیبہ چھیہ سٹھاہ مشکل یمن پٹھہ نہ عام پھو ہکان مطلع سپدِت۔ یتو تامت نہ پرن والو معنی نہ مطلب سمجھہ تتو تام چھو نہ تمسندس دِلس اندر خلوص پیدہ سپدان۔ لہذا چھو برت پرن والس تہ وظیفہ کرن والس لازم کہ معانی سمجھنہ گژھہ پرُن۔ تاکہ تمسندس دلس منز سپدہ سہ کیفیت پیدہ یسہ رحمتچ تہ فضل آلہچ جاذب چھہ۔ اکثر وظیفہ خوان چھیہ امکبو مفضد و نتشہ محروم روزان بہ تمہ پران چھیہ یمکو مطلب چھو نہ تمن مفہومی سپدان۔ اگرچہ الفاظن تہ کلمانن اندر چھیہ برکت آسان۔ لیکن مقصود

بالذات چهه آسان مفهومات نه معانی - بله نه انسان
مطلبس پٹ واتنک اسباب مهیّا کرِه نمنسز مثال چهه
تِله بس نریشه هیت سِنز مثال بسُ دورِه دریا چهو چهان
نکه تنها نکهه چهو نه هیکان واتِ تا که نریش بن هیه نا وه ها
دیباچس اندر چهه ضروری کینژن چیزن هنز ذکر
کرن - یمه سینت پرن وال سندسُ دلس اندر کبریتِ
الاحمر عظمت نه بزرگی ثابت سپده - بیه دورِه هیک
میامن و برکات حاصل کرنه خیطره هیه نن شو قمندو
ارادتمند -
خدای تعالیٰ چهو فرماوان اِنَّ اللّٰهَ وَمَلٰٓئِكَتَهٗ يُصَلُّوْنَ
عَلَى النَّبِيِّ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَيْهِ وَسَلِّمُوْا
تَسْلِيْمًا - تحقیق چهو خدای تعالیٰ بیه تسند ملائک حضور
علیه السلام من پٹ درود سوزان - مومنو تو هه پٹ نه چهو
واجب که توه نه سوزیو تن پٹ درود وسلام - یمه آیهٔ
شریفه موجب چهو درود سوزن فرض -
اللّٰهم صلّ وسلّم علیه وعلیٰ آله وصحبه اجمعین الیٰ یوم الدین

جناب حضرت محبوب سبحاني شيخ سيّد عبدالقادر جيلاني
رضي الله تعاليٰ عنه تِن تہ آسو فرض يَاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا
صَلُّوْا عَلَيْهِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِيْمًا ادا ڪرڻ سو ڪرتو ادا يہ درود
ڪبريت احمر ڪري تاليف - جيتڪه يہ سيت جيه اڪ حقيقت
اڪ ظاهر سيدان - مقدس زبانِ مبارڪه جيه اميڪ الفاظ
و ڪلمات درامت - يہ جيو يہ ترجماني آيه ڪريمه اِنَّ اللهَ وَ
مَلٰئِكَتَهٗ يُصَلُّوْنَ عَلَى النَّبِيِّ ڪران - اِمه ڪِن جيو جناب
حضرت محبوب سبحانيه سُند رضي الله تعاليٰ عنه يمه طريقه نه
يمو آداب و الفاظو حضور عليه الصّلوٰة والسّلام مِن بيٹ درود
سوزن مُشابه خداي پاڪه سندس درود سوزنش - مومنِ
ڪاملِه سندا افعال جيه آسان مشابه افعال الٰهي - يمن افعالن
هنده خبطره جيه برڪت لازمي آسان - يهوي جيو سبب ڪه يم
باآداب مقرّره ڪونه وقته يہ درود مبارڪ پڙهيمند مقاصد
دين و دنيا پيد حل - امي شهرت سيت گو يمه دروڈڪ نا و
ڪبريتُ الاحمر يعني (سرخ گندهڪ) مشهور - گوگرد سرخه
سيت جيو اڪسير بنان يہ جيو ٹهاه ناياب -

نظامی علیہ الرحمہ چھہ فرماوان سہ

نہ گوگردِ سرخی نہ لعل سفید    کہ جو بندہ گردد زتو نا امید

ترامس چھہ سرخ گندھک کیمیائی طریقہ تراونہ سیت سُن
بنان۔ تِتھے پاٹھ یُس شخص درود کبریتُ الاحمر ورد کرہ
تمسُند وجود چھہ طلا بنان۔ ییکو قدر و قیمت بڑان چھہ

نائبِ کشمیری چھہ فرماوان سہ

کبریتِ احمر صبح تہ شام س    یُس پرہ تس گرِ تھ ترامس سُن
رژھ رژھ پژھ پرہ استادن    باہی وندہ ہے یادن سر

پس پرِہ پرتھ ایماندارس یہ وردکرُن کیازہ امہِ خوتہ
زیادہ چھہ نہ کُنہ درودس اندر شرح حقیقتِ محمدی و اخلاق
احمدی۔ اک اک جُملہ چھہ امیکو ہیکلِ مروارید۔ اک اک
لفظ چھہ امیکو لولوی آبدار۔ امکہ پرنہ پتہ یمہ جایز مقصدہ
خیبطرہ دعا یہ کرہ نہ سو چھہ نزدیک باجابت۔ کیازِہ
امہ درودک برت لفظاہ چھہ الہامی۔ تِتھہ پاٹھ خدایِ
تعالیٰ سورۂ فاتحس اندر حاجچ تہ دعا کرنچ تعلیم دِژ تِتھے پاٹھ
کرن الہام جناب حضرت محبوب سبحانیس رضی اللہ تعالیٰ عنہ

حضور علیه الصلوٰة والسلام من پٹ درود سوزنک کلمات
یهو دلائل و تمثیلا تو سیت چهو به ثابت که نهنه پاڑ جناب
حضرت محبوب سبحانی رضی اللّٰه عنه تمام اولیای کرامو خونه
اعلیٰ و افضل چهیه نهنے پاڑ چهو درود کبریتُ الاحمر کُن وظیفه
یهوا وراد و وظائفو خونه افضل - کیازه به درود چهو خدا ے
تعالیٰ سندس ح رودس مشابه - امیکو تقلید چهو لازم - امه سیت
مقصد حاصل سیدن چهیه یقینی - لیکن شرط چهو که تمه آداب
طریقه گهرزه پر نه بُن - هم امکه خطره مقرر چهیه - هم لوک
محروم چهیه روزان تمکو وجه چهو که تم چهنه امیک آداب
ملحوظ تهوان -

بارشه هُند خاصیت چهو که سه چهیه زمینس سرسبز کران
مگر سنگلاخ زمین چهو نه سرسبز سیدان - کیازه تن نمن چهنه
صلاحیّت و قابلیّت نهے پاڑ شوره زمینس اندر چهنه
کهبتی باڑی سیدان سه

باران که در لطافت طبعش خلاف نیست
در باغ لاله روید و در شوره بوم خس

پرن دوائن منز چھُ تاثیر آسان - لیکن اگر یہ تت باقاعدہ طریقن پیٹھ ترتیب بییہ نہ دِنہ نہ سو چھُ نہ اثر ہی کران - تتھے پاٹھ اگر وردو وظیفن منز ادب ملحوظ بییہ نہ تھونہ تمیکو تاثیر چھُ مفقود سپدان

## آدابِ خواندنِ وظیفہ کبریتُ الاحمر

(۱) جای پاک آسن (۲) لباس پاک آسُن (۳) جسم پاک آسُن (۴) باوضو آسُن (۵) روبقبلہ روزت پرُن (۶) الفاظ واعراب صحیح پرُن (۷) الفاظن ہند معانی سمجھن - (۸) کانسہِ دوستہ خدایس نشہ اجازت حاصل کرن - (۹) سنت نبویس تابع آسن - (۱۰) امرِ خدا بجا انِن - منہیاتو نشہ ییت روزُن (۱۱) حلال کھیُن - (۱۲) خلوص دل آسُن - (۱۳) توجّہ تام کرُن پرنس کنُ - جمالِ باکمال حضرت سیّدالانبیا صلی اللہ علیہ وسلم مستحضر زانُن -

## طریقِ خواندنِ کبریتُ الاحمر

اول درودِ اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰی سَیِّدِنَا مُحَمَّدٍ

یا اللہ رحمت سوز سانس سردارس حضرت محمدس پیٹھ

مَظْهَرِ الْجَلَالِ وَالْجَمَالِ مِرْاٰتِ الذَّاتِ وَ

یس جاری ظہور چھُو چانہِ جلالُک تہ جمالُک یُس آئینہ چھُو چانہِ ذاتُک تہ

الصِّفَاتِ مَنْبَعِ الْمُشَاهَدَاتِ وَمَعْدِنِ

چانِن صفاتن ہند یُس سرچشمہ چھُو دیدارن ہند یُس کان چھُو

التَّجَلِّیَاتِ مُوْصِلِ الْعِبَادِ اِلٰی رَبِّ الْاَرْبَابِ

تجلیاتن ہند یُس وانناون والو چھُو بندن رب الارباب س کُن

بِعَدَدِ مَعْلُوْمَاتٍ لَّكَ وَبَارِكْ وَسَلِّمْ عَلَيْهِمْ

تمہ شمارہ پیٹھ ژے یارِ خبر چھیہ بیہ سوزِمن پیٹھ برکات تہ بیہ سلام

اکہِ لٹہِ۔ سورۂ فاتحہ اکہِ لٹہِ۔ آیۃ الکرسی اکہِ لٹہِ۔ سورۂ اخلاص کہہ لٹہِ۔ سورہ فاتحہ بیہ اکہِ لٹہِ۔ درود مذکور بیہ اکہِ لٹہِ۔ تمہ پتہ کرن شروع کبریت احمر یس اندر۔

## اوقاتِ خواندن

(۱) پاس آخر پیش از نماز صبح یازدہ مرتبہ۔

(۲) یا در روز میان دوپهر میان نماز صبح و نماز ظهر یازده بار

(۳) یا بعد نماز صبح شش بار - بعد نماز عصر پنج بار -

(۴) یا بعد نماز فجر سه بار - بعد نماز عصر سه بار -

(۵) یا بعد نماز فجر یازده بار در یکوقت خواندن بهتر ست -

(۶) یا بعد نماز صبح سه بار - بعد نماز ظهر دو بار - بعد نماز عصر دو بار - بعد نماز مغرب دو بار - بعد نماز عشا دو بار - کل ۱۱ بار -

(۷) بوجه عدیم الفرصتی بعدِ نماز فجر یکبار بخوانند و مداومت نموده ناغه نسازند ٭

نون یا اَرحَمَ الرّاحِمِین که در آخر اوراد فتحیه ست بالام اَللّٰهُمَّ اجْعَل که در ابتدائے کبریت احمر ست متصل نموده کبریت احمر را پنج بار تکرار نماید برای فتوحات ظاهری و باطنی مجرّب ست -

## بعضِ اشارات و مقاماتِ اجابتِ دعا

فقرهٔ رُوحِ جسدِ الکونَینِ وَعینِ حیٰوۃِ الدّارَینِ
خوانده مرادات ومقاصد خود بتمام وکمال در تصوّر آورده
بحضور تمام مسئلت نماید۔
وَالمُؤیَّدِ بِاَوضَحِ البَراھِینِ وَالدَّلَالاتِ المَنصُورِ
خوانده نصرت وباری بالتجا وزاری از حضرت باری جل خواهد
فقرهٔ الحَکِیمِ العَلِیمِ العَزِیزِ الحَلِیمِ خوانده ردّ
عین وچشم زخم وابطال سحر سوال سازد۔
فقرهٔ العَطُوفِ الحَلِیمِ الجَوادِ الکَرِیمِ خوانده
کرامت وبخشایش وعطوفت رجا دارد۔
فقرهٔ وَانبَعَثَ مِن اَصَابِعِهِ المَاءَ الزُّلَالَ خوانده
تمام حوائج ومآرب ظاهری وباطنی دوفور الطاف ربّانی
واعطاف وبخشائش رحمانی مدنظر داشته رجاء واثق
دارد که دعا اجابت شد۔
فقرهٔ وَالمُعَایَنَۃِ بِالبَصَرِ خوانده حصول نور بصر وازدیاد
روشنائی چشم ریز چشم دارد۔
فقرهٔ وَالشَّفَاعَۃِ الکُبرٰی یَومَ الفَزَعِ الاَکبَرِ فِی المَحشَرِ

خوانده امیدوار شفاعت کبری و حمایت عظمی از جناب
شفیع الوری ماند و امداد و اعانت طلب نماید و متوقع آن باشد
این درود کبریت احمر بهر مراد که بخواند البته بحصول انجامد
اعتقاد تمام در کار است - برای حاجات و مرادات دینی و
دنیوی به خشوع و خضوع و حضور قلبی و یقین تامه سه ۳ بار
یازده ۱۱ بار - سیزده ۱۳ بار بخواند - قید وقت و عدد نیست
بهر وقت و بهر عدد که خواهد بخواند اجازت است ؛

# سلسلهٔ اجازات و روایات

فانی ارویها عن الشیخ یوسف بن اسماعیل النبهانی
عن الشیخ عبد الرحمن الکزبری عن شیخه الشیخ مصطفی
الرحمتی عن العارف بالله الشیخ عبد الغنی النابلسی
عن الشیخ عبد الباقی الحنبلی عن الشمس المیدانی
عن الشهاب الطیبی عن الکمال بن حمزة الحسینی
قال انبأنا ابو العباس بن عبد الهادی انبأنا الصلاح
بن ابی عمر انبأنا موفق الدین بن قدامة عن سید

الاولياء الكاملين الشيخ محى الدين ابى محمد السيد
عبد القادر الجيلانى المكين الامين رضوان الله
عليهم اجمعين - وقد اجازنى بقراءته الذى هو
فى العلوم معتمدى عمى ومرشدى الزائر للحرمين
الشريفين السيد محمد قاسم المنطقى القادرى وله الاجازة
عن والده مولانا الحاج السيد حسين القادرى المنطقى
المدفون بمكة المعظمة فى الجنة المعلى زادها الله
شرفا وتعظيما وحصل له الاجازة عن السيد جمال
الدين القادرى الاندرابى واجازه فى الواقعة و
الرؤيا الغير المنامية سيد الاولياء غوث الثقلين السيد
محى الدين عبد القادر الجيلانى رضى الله عنه وارضاه
عنا وهكذا وصلت الى اجازات كثيرة من مشائخ الوقت
لكن ليست واحدة منها مايماثل بهذا السند لقرب وسائطها
الى حضرة الشيخ من الرواة فتامل ٤

حضرت میر جمال الدین قادری اندرابی را بلا واسطه از حضرت
غوث الاعظم رضی الله عنه اجازت رسیده هست و قصه

آن بدینطریق که حضرت بہاء الدین مخدوم صفاپوری رحمۃ اللہ علیہ که در ادعیہ خوانی عدیم البدل و صاحب قبول بوده کمالات و کراماتش اظہر من الشمس ست و بدرجۂ اشتہار رسیده۔ حضرت میر جمال الدین اندرابی مرقوم الصدر داماد بہاء الدین مخدوم بود و مخدوم مرقوم بداماد خود بارہا ترغیب فرموده که اجازت و نصاب کبریت احمر بر شما لازم ست که نسبت خانوادهٔ قادریہ ابا عجد در شما رسوخ یافتہ است میر جمال الدین بار ما تغافل داد۔ آخر الامر روزے از روی کمال خصوصیت از خسر خود بہاء الدین مخدوم استدعا و التماس نمود که من بشرطے اجازت و نصاب کبریت شریف دوست تر دارم که بلا واسطه از زبان گوہر فشان جناب مستطاب حضرت غوث پاک بالمواجہہ بشنوم که سرفرازی دارین بحصول انجامد حضرت بہاء الدین مخدوم التماسش قبول نموده یازده روز مہلت خواست چون یازده روز باتمام رسید میر جمال الدین با حضرت غوث الاعظم در واقعہ جلوه گر شدند

باقی بر صفحہ ۱۵۸ مطالعہ فرمایند

# كحل البصر شرح الكبريت الاحمر

## بسم الله الرحمٰن الرحيم

اَللّٰهُمَّ اجْعَلْ اَفْضَلَ صَلَوٰاتِكَ عَدَدًا

یا اللہ بیہ رحمت ژھ نس شمارہ کِن بہتر نہ زیادہ آسہ سہ کر
نازل حضرتِ آنحضرتن پٹھ صلی اللہ علیہ وسلم۔
(اللھم) اے خدا۔ اصل بیگو آسو یا اللہ۔ یا حذف سیدنا و
امکس آخرس اندر میم مُشدّد ملہ ناونہ بنیو اللّٰھُمَّ۔ لفظِ
اللّٰھُمَّ سبب دُعا شروع کرُن چھو خدای تعالیٰ اسندیو
تمام اسماءِ مقدّسو سبب دعا کرُن۔ اللّٰھُمَّ سبب دعا منگُن
چھو بالکل نزدیک باجابت۔ یا اللّٰھس اندر تصرُّف دکھی بیشی،
کرنت اللھم بزُن چھو عاجزیہ، اضطرابس نہ زارہ پارس ظاہر
کران یُس دعا قبول گژھنہ خطرہ ضروری چھو۔
سلطان الاولیاء جناب حضرت محبوب سبحانی شیخ سید عبدالقادر جیلانی رضی اللہ عنہ

چھہ فرماوان۔ اسمِ اعظم چھُو اللہ بشرطیکہ یلہ امہ اسم پاک گ
تلفظ کرہ۔ ماسوی اللہ گرِ ھہ انسانہ سندِ ذہنہ اندرہ محونہ معدوم
سپدُن - لُوک چھہ اسمِ اعظمکس تلاشس اندر۔ اسم اعظم چھُو
اکثر مشائخن نشِ اللہ - لیکن امکہ تاثیرہ خیطرہ چھُو ضرورُی کہ
انسانہ سنز گرِ ھہ اپح مشق ینھہ پاٹھ کرِن کہ ذکرہ ہندہ وقتہ
گرِ ھنہ انسانہ سندِس دلس اندر سوایِ انوار آلہی کانہہ
تصوُّرنہ خیال باقی روزُن - اگر یہ منزل حاصل سپدہ نہ
امیکُو تاثیر چھُو یلہ سوی آسان یچ ذکر چھہ جناب حضرتِ
محبوب سبحانین رضی اللہ عنہ قصیدۂ غوثیہس اندر فرماوِمُت

ولو القیتُ سِرّی فوق میتٍ     لقام بقدرۃ المولیٰ تعالیٰ

اگر یو ینِ سِر مرُدس پیٹھ نراوہ - سو وتھہ بیشک تھد خدائے تعالیٰ سندِ قدرتہ سیت
مُراد چھُو سِرّہ اندرہ اسمِ اعظم اللہ - کہ اگر باخلاص پرنہ ییہ
نہ امکہ برکتہ سیت سپدن مردہ زندہ - پہاڑ پاشِ پاشِ
دریا خشک - نار سرد - داجعل، چھُو صیغہ امر جعل،
گو کرُن - بناوُن - پیدہ کرُن - ناوتھوُن - اکھ چیز بیس
شکلہ اندر تبدیل کرُن - جعلنی نبیا۔ جعل الظلمت

وَالنُّوْرِ ۔ جَعَلْنٰکُمْ اُمَّۃً وَّسَطًا ۔ ہُوَ آیا تو سبب چھو
ٹھیک پاٹھ جَعَلَک معنی ظاہر سپدان ۔ تہ بیتِ چھو مراد
اِجْعَلْہُ اندرہ (اَنْزِلْ) یعنی نازِل کر (افضل) چھو صیغہ
اَفْعَلُ التفضیل یعنی فضل، بزرگی، شرف اَفْضَلْ چھو بمعنای
اَجَلْ وَاَشْرَفْ ۔ (صَلَوَاتْ) چھو جمع صلوٰۃ ۔ بمعنی دُعا ۔
استغفار ۔ رحمت ۔ مغفرت ۔ ثناء ۔ درود ۔ تعظیم ۔ ذکر ۔
نماز ۔ اگر لفظِ صلوٰۃ مُضاف آسہ بطرفِ لفظِ اللہ ۔ مثلاً
صَلوٰۃُ اللّٰہِ ۔ تمہ اندرہ چھو مراد تِلہ رحمت تہ مغفرت ۔ اگر ملائکن
تہ مسلمانن کُن آسہِ مُضاف ۔ تِلہ چھو مُراد دُعا تہ استغفار ۔
یا چھو ملائکن نِشہ استغفار تہ مسلمانن نِشہ دُعا مقصود آسان ۔
چونکہ خدای تعالیٰ سُند حکم چھو صَلُّوْا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا
بہ فرمان بجا انن منز یُوت حضرتِ آنحضرتن پیٹھ صلی اللہ علیہ و
سلم درود پرن تہ بیہ ۔ تیُوت چھو باعثِ یمن و برکت ۔ اِمکہ برکتہ
سیت چھہ ساری تکلیفات دُنیوی تہ اُخروی دور سپدان
بیہ چھہ اِمکہ وسیلہ سیت درجاتِ قرب حاصل سپدان ۔
آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم چھہ حبیبُ اللہ ۔ حبیبہ سُندہ

خبطره ٿيت تعريف ڪرنه ٿين - ٿيڙ تنسنده خبطره رحمت ٿي ڇاڏنه
يبه - سه ڇهه سبب رضاءِ الهي - ٻيس ٿيڇه رضاءِ الهي آسِه
سو ڇهو ڏبنس نه دُنياءَ منز فتحمند نه ڪامياب آسان -
(عدد ا) ڇهو منصوب تميز آسنهِ ڪن - عدد گو بيُس گوُنهِ خيرڪ
شمار ظاهر ڪره - يا ڇهو مراد امهِ اندزه مطلق شمار - به ڇهو
مُسلّم زِه خداي تعالى سُند علم ڇهو تمام اعدادن پېٺ احاطه نه
گهر ڪرت امهِ ڪن ڇهو استدعا از جناب باري ڪه حضرتن پېٺ
صلى الله عليه وسلم آسن تيوت درود يميڪو احاطه نه انسانه ينزه
ذهنه سبت هڪه هرگز نه سپدِت - نه ڇهو انسانس يه علم زِه
ڪِمه شماره، ڪمو الفاظو، ڪمه طريقه سبت هڪِه تعميلِ صلّوا عليه
وسلّموا تسليما سپدت - امه سببه آو يه تعداد الله تعالى
سندس وسعتِ علمس سُپرد ڪرنه - انسان ڇهو قاصر - علم تمسند
محدود - امس ڇهو نه يه طاقتي ڪه تنهه پاٺه لازم ڇهو تنهه پاٺه ڪيا
هڪه سُو فرض صلّوا وسلّموا ادا ڪرت -

---

وَأَنْتُمِي بَرَكَاتِكَ سَرمَدًا  بيه ييٺه سٺاه بڏن وجهه
هر ڪرِ همه هميشه تيُس يت نه سيٺ سبت آسن -

دانہی ، چھُو اسمِ تفضیل نموٗک یہ چھُو عطف برافضل ۔ یعنی
سٹھاہ ٹھد ۔ سٹھاہ زیادہ ۔ سٹھاہ مُبارک دنو ، گو بڈُن ۔
دناوی ، گو بڈن وُول ۔ برکات ، چھُو جمع برکت ۔ نیکین اندر زیادتی
نیک بختی ۔ کرامات ۔ برکاتُ السّمآء گیہ بارش ۔ برکاتُ الارض
گو گاسہ تہ سبزی ۔ بارکنا حوله ۔ بارك الله ۔ اللھمّ بارك
علی محمّدٍ ۔ ہیوٗ مثالو سیتؠ چھُو یہ لفظُک مفہوم بخوبی
ظاہر سپدان ۔ مراد چھُو ییتہِ تمام خیرات تہ نیکیہ یمہ اللہُ
تعالی اس نشہ انسانس پیٹھ نازل سپدان چھ ۔ دسرمدًا ،
چھُو منصوب بمنزِ باحال آسنہ کنِ ۔ یعنی ہمیشہ ۔ سیتہ سیتہ ۔
متصل تہ واتہٕ کرتہ بتھ اندر نہ ژھن تہ تھک آسہ ۔ مُراد چھُیہ
سہ برکت لیسہ ہمیشہ تاابد جاری روزِہ ۔

---

وَاَزْکیٰ تَحِیَّاتِكَ فَضْلًا وَّمَدًّا ییہ بنیہ سلامہ
یمہ بزرگی کنِ تہ مقدارہ کنِ پاکیزہ ترین آسن ۔
دازکیٰ ، چھُو اسمِ تفضیل زکوٗ تُک یا زکاوتُک یعنی سٹھاہ
زیادہ ۔ سٹھاہ پورہ ۔ سٹھاہ پاکیزہ تہ دلائق ، زکونس چھیہ
امہ حنطرہ زکوٰۃ ونان کہ تمہ سیتؠ چھُو مال پاک سپدان ۔

(تحیّات) چھُو جمع تحیّتٕ یعنی تحفہ ۔ سلام (فضل) گیہ
افزونی ۔ زیادتی ۔ یہ چھُو ضدّ نقص (مدد) گو یمکہ ذریعہ
کانہہ چیز بڑٕ ونہ ییہ ۔ مَدد گو یہ مجموعۂ طوٗل و عرض و ارتفاع
یُس مجسّم چیزس اندر لبنہ یوان چھُو ۔
یمن ترن فقرن ہندن مقابِل الفاظن ہنز ترتیب گرِتھ
غور سان وُچھن ۔ یمن منز چھیہ واریاہ نکتہ ۔ أفضل ۔
انمیٰ ۔ ازکیٰ + صلوات ۔ برکات ۔ تحیّات +
عدد ۔ سرمد ۔ مدد + اس چھیہ یمن الفاظن ہنز
فرق ظاہر کران ۔ اگرچہ اکُے مفہوم چھُو فی الجملہ دوِشوِن منز
لبنہ یوان ۔ ۔ بتہ درودس منز چھیہ فضیلت لبنہ یوان ۔
اگر سُو یہ آداب پرنہ ییہ ۔ مگر یہ چھُو ظاہر کہ یوٗت تمیکو تعداد
زیادہ سپدہ ۔ تتھ منز ییہ فضیلت زیادہ لبنہ ۔ یہی گیہ فضیلتِ
عددی ۔ لفظِ صلوٰۃ چھُو رٹنہ آمُت صلّی یا تصلیہ منزہ ۔
یہ چھُو انّ اللہ وملٰئکتہ یصلّون منزہ مفہوم و معلوم
سپدان کہ خداوندِ تعالیٰ سُند درود چھُو فرشتن یا انسانن
ہندہ درودہ خوتہ سٹھاہ بہترین تہ افضل ۔ یمسُند علم چھُو

تمام عددن گھیر نہ احاطہ کرت بخلاف انسان و فرشتہ۔
برکتس اندر چھہ تمام روحی فتوحات شامل۔ یلہ خدای
تعالیٰ کانسہ پٹھ خبر چھو نازل کران تہ سو چھو ادہ ہمیشہ جاری
روزان حتّیٰ کہ قبرہ اندر تہ چھو سو خبر تمس نازل روزان۔ کتاب
الروحہ منزہ چھو یہ ثابت سپدان کہ بعض ولی اللہ یم زندگیہ
اندر کلام اللہ حفظ کران آس تہ ختم کرنہ برونٹھی کرٕک انتقال۔ تمو
کرٕ قبرہ اندر باقی حصّہ قرآن کریم حفظ۔ پس یہ برکتھ چھہ
قیامتس تان برٕن واجنہ۔
تجلّیاتس اندر چھو اشارہ تمام روحانی تہ جسمانی نعمتن کُن۔
یمہ خدایِ تعالیٰ سندہ عنایتہ سیت شک وشبہو نشہ بالکُل
پاکیزہ چھہ۔ تہ مقدارس اندر چھہ یژھہ نمایان تہ ظاہر کہ یمن چھو
یوان بنھ جسمس سیت تشبیہ دِنہ ییٚن گاشس اندر صاف
نظرہ چھو یوان۔ گویا تجلّیاتک وجود چھو ییٚہوی ثابت کہ
بیٚنہ کُنہ کانہہ جسم صاف طور چھو بوزنہ یوان۔ پس یمن معنین
اندر چھو تجلّیاتس سیت لفظ ارنی تہ مدد چیان۔
کثرتہ سان چھہ روایت کہ بعض اولیاء اللہ کرامن ہیٹ

اسپُد مشاہدہ ذکرہ ہنزن مجلسن اندر نوُرک شعلہ آسمانہ پیٹھ نازل سپدان۔ پس یمی نجبانٹ چھہ یم مقدارہ کن بالکل پاکیزہ چھہ سُبحان اللہ کمہِ فصاحت و بلاغتہ سان کریم فقرہ ادا جناب حضرتِ محبوب سبحانین رضی اللہ عنہ۔ گویا زن چھک دریا کوُمنت کوزس اندر ہیند۔ یوکر درودچ عددی فضیلت، بیہ مقدارنہ پاکیزگی تفویض بخدانہ ہینز عاجزی کرک ظاہر۔

مطلب چھو ایزہ یا اللہ اس چھنہ زانان کہ کمن الفاظن اندر یا کمن ترکیبہِ اندر۔ یا کتھ ادبن نہ شمارس اندر سوز و اس حضرتن پیٹھ صلی اللہ علیہ وسلم درودس تِہ یِنِش بہتر تہ پاکیزہ تراسہِ دانس چھہ قاصر۔ بس ژہ یِنِش بہترِن آسہِ سوی درود سوُز۔ یمہ پاک ذاتک تعریف خدای تعالیٰ اَن کرِ۔ بس پیٹھ تم درود سوز۔ تہند تعریف تہ درود سوزنک حق کتھہ پاٹھِ ہکہ انسان اداکرِتھ۔

خدائے پاک بداند صلوٰۃ و وصف رسول کہ ہست منزل بالا ز فکر انسانی

نیو تامت آسو درود ینتر یفچہ فضیلت و پاکیزگیہ ہند بیان یون چھہ حضور علیہ السلام من ہند تعریف شروع سپدان۔

## عَلیٰ اَشْرَفِ الحَقَائِقِ الْاِنْسَانِیَّۃِ    انسانی حقیقتن

ہندِس بزرگترین نہ بہترین ذاتس پیٹھ۔

"عَلیٰ" چھُ صِلہ بموجبِ نحو لفظ اِجعلکُ بمہ سیت
اِجعلکُ معنی اَنْزِلْ بنیو "اشرف" چھُ افعلُ التفضیل
یعنی شرف۔ بزرگی۔ برتری۔ "حقائق" چھُ حقیقتُک جمع
اصل پرٛن کو نہ چیزُک "انسانیۃ" مردمیت، انسان گی مردم
اگر ہمِن الفاظن ہند تعریف ین کرنہ تیتھہ پاٹھۍ تصوّف چن کتابن
منز چھُو نہ عام ہکن نہ نہ سمجھِتھ۔ لہٰذا چھُس بو عام فہم عبارتس
اندر بیان کران۔

پرٛن چیزس چھہ حقیقتاہ آسان۔ بسہ تنہٕ چیزس دویمہ
چیزہ نش الگ چھہ کران۔ مُختص چھہ رنگہِ کن نہ وزنہِ کن نہ ذاتی
خواصو کن اکھ حقیقت۔ تیتھے پاٹھۍ چھہ شترس تہ الگ حقیقت
پرٛتھ چیزچ حقیقت چھہ خدای تعالیٰ اس نشہِ ثابت۔ پس
انسانس تہِ چھہ حقیقت۔ درجاتو کن چھہ انسانس وارِیاہ
حقیقژ ہکان سپدِتھ۔ انسان چھُو خدای تعالیٰ سُند مَظہر
(جای ظہور) یعنی بعض الٰہی صفاتن ہند ظِل (سایہ)

رحم - کرم - رافت - مغفرت - علم - حلم وغیرہ ینہٕ پاٹھٕ
خدای تعالیٰ سندس ذاتس اندر حقیقی معنین منز موجود چھہِ
نیٖہے پاٹھٕ چھہِ انسانس منز ییٚن چیزن ہند سایہ عکس لبنہٕ یوان
البتہٕ ییم صفات خاصّہ خدای تعالیٰ چھہ تِم چھنہٕ انسانس اندر موجود
مثلاً یکہ تاثی یعنی کُن آسُن - علم غیب وغیرہ یہ چھہِ خاصّہ
ذاتِ الٰہی - پس گو معنی اشرفُ الحقائق الانسانیہّ
ایزہ حضور علیہ السّلام ہند اوصاف تہ خواص چھہ باقی انسانن
ہندِ اوصاف و خصوصو نہ اعلیٰ نہ ممتاز - کیازہ تِمن پٮ۪ٹھہ سُپُد
وحی نازل - تِم چھہ خاتمُ الانبیاء - تِمن سُپُد معراجس اندر
قاب قوسینک قرب حاصِل - نصوّفس اندر چھہِ انسانیتکس تہ
انسانِ کاملہ سندس حقیقتس نسبت نبوت دقیق بحث کہ
عامکس سمجھس اندر یکہ نہ سو یتھ - لہذا گھڑہ علماء کبارن ہندین
تصوّفچن کتابن ہند مطالعہ کرُن - ییہ چھہِوانت اندر اشارہ
کہ انسان چھہِ خدایِ پاکن ہنٛنہٕ معرفتہ تہ عبادتہ خیٖطرہ پیدہ
گرمُت - لیکن یُس حقِ عبادت و معرفت حضور علیہ السّلام
دِ نہ آو - سو چھہِ نہ بین انسانن حاصل - لہذا چھہ تِم بہترین مخلوقات

مُحَمَّدٌ سَیِّدُ الْکَوْنَیْنِ وَالثَّقَلَیْنِ وَالْفَرِیْقَیْنِ مِنْ عُرْبٍ وَّمِنْ عَجَمٍ

حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم دنیاہ کہ تہ آخرتک سردار جِنن تہ انسانن ہُند سردار عربک تہ عجمک سردار

وَمَعْدِنِ اللّٰہِ فَائِقُ الْاِیْمَانِیَّۃِ بیہ ایمانچن زاوجن

کھٹھن ہُند کان ۔

(معدان) سونچ رُوپچ تہ بیہ جواہرن ہُنز کان ، دقائق

دقیقک جمع ۔ زاوجار ۔ پوشیدہ کامہ (ایمان) اقرار کرُن

زِوِہ سیتن تہ پزِہ دِلہ سیتن ۔ یم تمام الفاظ چھِہ تصوّفک

ایمان تہ یقین چھِہ اک کیفیتاہ بیہ انسانہ سندس دلس منز کونہ

چیزہ کس آسنس تہ آسنس ۔ شوبتس عدم شوبتس نسبت پیدہ

چھِہ سپدان ۔ اس چھِہ آفتاب بُن پاٹھ وُچھان تہ سانِس

دِلس اندر چھِہ اک کیفیتاہ اک آفتابہ کس وجودس تہ شوبتس

نسبت پیدہ سپدان ۔ امہ کیفیتک ناو چھُو ایمان ۔ امہ پتہ

چھِہ اس زِوِہ سیتِ اقرار کران کہ آفتاب چھُو موجود ۔ بس گو

مومن سُوی یُس خداوندِ تعالیٰ سندس آسنس تہ بیہ تمندن احکامن

پٹھ تتھہ پاٹھ پزِہ کرِہ ییتھہ پاٹھ سو آفتاب وُچھتھ تمکہ وجُودک

تہ تمچہ روشنی ہُند یقین چھُو کران ۔

ایمان چھُ اکھ باریک وتھ اکھ ۔ خداوند تعالیٰ آن چھ سانہ
ایمانہ خیبطرہ اسہِ دعا کرنک طریق اِهْدِنَا الصِّرَاطَ الْمُسْتَقِیْمَ
وَنمُت ۔ ایمان چھُ وار یاہن تصدیقن ہند مجموعہ ۔ یرِت
تصدیقک منزل چھُ مشکل گذار ۔ انسان چھُ نہ صرف خدایِ
تعالیٰ سندہ وجودکہ تصدیقہ سیتی مومن ہکان سپدِت
بنتھ تام نہ حضرتِ آنحضرتن ہندس نبوتس صلی اللہ علیہ وسلم نہ
بیہ قرآنِ شریفس پژھ کرِہ ۔ یس ذات سرورِ کائنات صلی اللہ
علیہ وسلم چھُ مین تصدیقن ہندن جواہرن ہند مرکز ۔
انسان چھُ حیوان ناطقکُ نہ کلیات و جزئیاتن ہند مُدرِک
بیھوی ادراک چھُ علم الٰہیک سایہ ۔ اَمِکی ذریعہ چھُ خدای تعالیٰ
سِندہ معرفتکُ تہ تمسندن احکامن ہند اطاعت تہ فرمانبرداری
کران ۔ یتہٕ تصدیق ایمانی باریکین ہند حضرت آنحضرتن صلی اللہ
علیہ وسلم عطا چھہ سپدمت ۔ کانسہ فردِ بشرس چھنہ نیت
دِنہ آمُت ۔ یہ چھُ یمہ اندرہ یتہ مفہوم سپدان کہ یتھہ پاٹھہ
سُوتن ژُوپھ ۔ جواہر کانہ منزِہ نیرتھ دُنیاہس منز مروّج چھہ
سپدان ۔ یتھے پاٹھہ چھہ تمام تصدیقات الٰہین تہ احکام

آہہن ہنٛد ماخذ نہ بیٚین جای حضرتِ آنحضرت صلی اللہ علیہ و
سلم۔ کیازہ تِمو پھیلاو دنیاہس اندر احکام الٰہی۔ یہ کرکھ
روشن ہدایتچ مشعل۔ تِمہ منز چھو یتہ اشارہ کہ ایمانک
تصدیقات چھ دقیق نہ باریک۔ یتھ پاٹھہ دون نقطن درمیان
اکوی خط دلکیر، مستقیم بیدان چھو نہ سو چھو باریک سے باریک
آسان۔ یتھے پاٹھ چھ ایمانک تصدیقات باریک نہ زاول۔
امہ ونہ ہنٛد تلاش کرُن تہ یہ اتھ یتھ پکُن چھو نہ مشکلاتو نشہ
خالی۔ یہی مثال چھ ایمانچ کہ ایمانک خطِ مستقیم (سیدُ خط)
یمو بدعات و شرکہ کیو منحنی دکج، خطوطو نشہ بُن گڈن چھو
تصدیقیچہ نہ فرمابردارہ یہ ہنٛزہ باریک بینی پٹھ مبنی۔
ایمانک معنی چھو گرو بدگی، شیفتگی۔ یعنی مُطیع نہ پیروٚنُن۔
عاشق نہ فدا بنُن۔ بسُ تصدیقک نہ یقینک نہ اطاعتک
کُہ مرتبہ نہ نتیجہ چھو۔

وَطُورِ التَّجَلِّيَاتِ الْاَحْسَانِيَّةِ یہ کوہ طور احسانکین
تجلیین ہنٛد۔ یعنی حضور صلی اللہ علیہ وسلم چھ منزلۂ کوہ طور
ہنٛد جلوہ ہای احسان چھ سارسی دنیاہس پیٹھ نوزراوہ ون

**وَمَهبطِ الاَسرارِ الرَّحمانِيَّةِ** ببه خدایِ تعالیٰ سندِن پوشیده بِرّن هند وَسن جای -

(هبوط) گو وسُن (مهبط) گیه وَسن جای (جایِ نزول) به چهو اسمِ مکانِ هَبَطَ بمعنی نَزَلَ - (اسرار) چهو بِرُّگ جمع یعنی رازِ پوشیده - آنحضرت صلی اللّٰه علیه وسلم چهه رحمانی بِرّن هند جای نزول - اسرار رحمانی اندده چهو مُراد با کلامِ الٰهی - نته تم اسرار مین بِڈه حضرت صلی اللّٰه علیه وسلم درشبِ معراج آگاه آی کرِنه - اسرارچ اضافت رحمانس کُن چهه دلیل که تم چهه تِتھ بِرِ مِن بِڈھ نه کانهنته آ و حضور علیه السّلام من ورای واقف کرنه ؎

درشبِ معراج کردی گفتگوئے با خدا گفتگوئے کان بود بالاتر از گفت و شنید

---

**وَاسِطَةِ عِقدِ النَّبِيّٖنَ** پیغمبرن هُنزِ ه مخنته ماله هند دُرَّةُ التّاج (یعنی منز م چمکه وُن فُل)

(واسطه) گو دُرَّةُ التّاج - سُو بڈ درخشان مخنته فُل بُس هارس منز یا گلوبندس منز یاگ آسان چهو (عقد) گیه لَر پَن - رِشته - ییهٖ اندر مخنته پَرَنه یوان چهو (النّبیین) چهو

چھُو جمع بنی - یمس پٹھ وحی آسہ نازل سپدان - بیہ آسہ صاحب
شریعت - قاعدہ چھُو مخنہ مالہ چھیہ دوشوِ طرفو لوکٹ لکٹ
مخنہ فل بر نہ بوان - منز باگ چھُو زیننہ خیطرہ بڈ چمکدار مخنہ
فُل آسان - تمام پیغمبرن ہُند سلسلہ آو تشبیہ دِنہ مخنہ
مالہ سبتہ - آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم آو امہ مالہ ہُند دُرّۃ
التاج بناونہ - سُبحان اللہ - کیا عُمدہ تشبیہ چھُو - کیازِ
حضورِ پُرنور چھیہ سارنی پیغمبرن ہُندہ خوتہ برتر تہ بیہ چھیہ
خاتم النبیین - لہذا تہندس ذاتِ گرامیس واسطس نِنہ دُرّۃ
التاجس سبتہ تشبیہ دِنُ چھُو شایانِ شان - بیہ یتھہ پاٹھِ
مالِہ ہُندہ مخنک زینت دُرّۃ التاج کہ آب وتابہ سبتہ آسان
چھُو - تتھے پاٹھ چھُو تمام پیغمبرن ہُند رونق تہ زینت حضور
علیہ السلام ہُندہ وجودِ باجودہ سبتہ + یا چھُو مراد واسطہ
منزہ ذریعہ تہ رابطہ کہ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم چھیہ تمام پیغمبرن
ہُند پیشرو - تم چھیہ منن تہ خدای تعالی اسَ منز واسطہ -

---

و مُفضلِ مِرجلیشِ المُرسلِین بیہ پیغمبرن ہُنزہ لشکرہ
ہُند پیشرو تہ قائدِ اعظم -

(مقدَّم) دالس زیر پرت نہ تہ زبر پرت نہ ۔ بر ونٹھ پکن وال
سپہ سالار ۔ بر ونٹھ اننہ آمُت (جیش ، لشکر (مرسلین)
جمع مرسل ۔ مُقدّمۃ الجیش گیہ سہ جماعت ۔ یُس لشکرہ
بر ونٹھ بر ونٹھ گرُھان چھہ وتَن ہُند حال تہ دشمنہ سُند
حال دریافت کرنہ خٲطرہ ۔ حضور علیہ السلامن ہُند مُقدّم
آسُن چھُ ثابت و محقّق از حدیث کُنتُ نبیًّا واٰدمُ بَین
الماءِ والطّین ۔ یُو آسوس تمہ وقتہ نبی بلہِ آدم علیہ السلام
زِ بہ نہ اَکِس اندر آسو ۔ یعنی پیدٕے آسونہ وُنِہ سُد مُت + بیہ
از حدیثِ اوّل ما خلق اللّٰہ نوری ۔ سارِی بر ونٹھ یہ
خدایِ تعالیٰ اَن پیدہ کرُ سو اوُس مِیون نور ۔ پس حضرتن ہُند
سپہ سالار آسُن پیغمبرن ہِنزِ لشکرِ پٮ۪ٹھ سہ چھہ تہنزہ منبار چ
دلیل ۔ آسمانن ہندِ پیدہ کرہ نک غرض چھُ حضور علیہ السلامن
ہند وجودِ ذی جود ۔ بیہ آس چونکہ شبِ معراجس اندر ساری
ملائکہ و مرسلین تِمن ہمرکاب ۔ اَمِہ سببہ چھُ جیشِ مرسلین
ہِنزِ سپہ سالاری ہُند رتبہ تِمن حاصل ۔ بیہ مسجد اقصیٰ بیتُ
المعمور سدرۃُ المنتہیٰ کِنُن مقامانن سپٹ حضرتن ہُند امام

انبیا و ملائکه آسن جهو ثابت کران که نم جهه امام المرسلین نه

امام الملائکه نه وَاَفضَلِ الخَلاَئِقِ اَجمَعِین

بیه تمام پیدائشه منزه بهترین۔

(خلائق) جهو جمع خلیفه بمعنی مخلوق یا عادات اجمعین

جمع اَجمَع تمام۔ یه فقره سبت سیز حضور علیه السلامن منز

فضیلت ثابت اولینن نه آخرین۔ سفلیاتن نه علویاتن

بیٹ۔ انی سببه جهو نهند لقب اشرف المخلوقات۔

فَمَبلَغُ العِلمِ فِیهِ اَنَّهُ بَشَرٌ وَاَنَّهُ خَیرُ خَلقِ اللّٰهِ کُلِّهِمِ

پس علمیج رسائی جهه بری نه نم جهه بشر + تم جهه الله تعالی منزه ساری

پیدائشه منزه بهتر +

اگرچه حضرت آنحضرت صلی الله علیه وسلم جهه انسان۔ لیکن تم جهه

تمام مخلوقاتو خونه سٹھا تھد۔ یا حضور علیه السلام جهه اخلاقن نه

عاداتن منز تمام مخلوقاتو خونه افضل۔

حَامِلِ لِوَاءِ العِزِّ الاَعلٰی رسالتکه بڈه سلطنک

علمبردار نه سپه سالار۔

(حَمل) گوتن (حامل) گوتن والو (لواء) جهنڈه علم

(الحز)، گو عزت - غلبه - بلندي مرتبه - قرآن ڪريم ۾ جهڙو
آمنت هُوَ العَزِيزُ الحَڪِيمُ (اعليٰ)، گو سڀاهه نهڻ - چنانچه
سَبِّحِ اسمَ رَبِّكَ الاَعليٰ - عزتِ اعليٰ اندر جهڙو مراد
نبوّتِ ڪبريٰ - يا لواءُ الحمد - يا اجازت شفاعت آنحضرت
صلي الله عليه وسلم قيامتکه ڏوهه عطا ڪيڏن - جيڏه جهڙو اشاره
بحديث "آدمُ وَمَن دونَهُ تحت لوائي" آدم نه جيڏه پيغمبر
آسن قيامتکه ڏوهه مياڻ جهنڊس تل -

---

وَمَالِكِ اَزِمَّةِ الشَّرَفِ الاَسنيٰ جيڏه مالڪ نه
متصرّف شرافت اعليٰ ڪئن واگ ڏورن -
(مالك)، گو تصرّف ڪرن والو (ازمّه)، زمامڪ جمع - اونٺه
سنهرن (شرف)، تهرز - بزرگي - (اسنيٰ)، سڀاهه
روشني والو - سڀاهه نهڻ - سناءُ البرق گبه تجليه بنهر روشني
شرفِ اسنيٰ اندره جهڙو مراد معراج - چونکه حضرتو صلي الله عليه وسلم
آسو براقس بٺه سوار سيڏتِ بر آسمان تشريف نيو مُهنت
اِمه سبب جهڙو مالڪِ زمامڪ لفظ مناسبا تو اندره - يا جهڙو
مراد از شرفُ الاسنيٰ بشريعت غرّا - پرته تو جيهه ڪن جهيه

حضرت صلی اللہ علیہ وسلم مالک نہ منصرف ۔

شَاھِدِ اَسْرَارِ الْاَزَلِ ازلکن سِرن ھند واقف

(شاھد) گو واقف ۔ حاضر ۔ مقیم ۔ گواہ ۔ قرآن شریف

منز چھو اِنَّا اَرْسَلْنٰکَ شَاھِدًا ۔ (اسرار) سِرک جمع

بھید ۔ راز پوشیدہ ۔ (ازل) سو زمانہ یتھنہ گوڈی چھو ۔

اسرار الازلہ اندرہ چھو مراد قرآن شریف ۔ کیازہ قرآنِ

شریف چھو قدیم ۔ امہ سببہ بیہ تتھ پیٹھ ازل اطلاق کرنہ

پس بیہ حقیقتاہ قرآنِ کریم حضرتن صلی اللہ علیہ وسلم

معلوم چھہ ۔ سہ چھنہ بیہ کانسہ نِہ ۔ اَوَّلُ مَا خَلَقَ اللہ

نوری اندرہ چھو واقفِ اسرارِ ازل آسُن ثابت ۔ یا چھو

اسرار ازلہ اندرہ مراد تم ازلی علوم یمن پیٹھ خدای تعالیٰ اَن

حضور پرنور صلی اللہ علیہ وسلم واقف کر ۔

وَمُشَاھِدِ اَنْوَارِ السَّابِقِ الْاَوَّلِ ۔ بیہ خدای

تعالیٰ سندن انوارِ قدیمن ھند مشاہدہ تہ معاینہ کرن والو

(مُشَاھِد) گو معائنہ کرن والو ۔ واقف (انوار) نورک

جمع (السّابق) آگے بڑھن والو ۔ قدیم ۔ السّابق الاول

جهو تعريفِ خدا ـ حضرتن هند صلی الله عليه وسلم مشاهده کرن
سابقُ الاولکُ انوارسه چهه دليل بيه امرچ که تمِ چهه تمام موجوداتک
گوڈ ـ صوفياي کرامن نشه جهو حقيقتِ محمّدی اعلیٰ نه تکميل
ظلّ الٰهی ـ امی کن جهو حقيقت محمّدی خدای تعالیٰ سندن
نورن هند جای ظهور ـ

وَتَرجُمانِ لِسانِ القِدَمِ بيه زبانِ قديمُک
يعنی قرآن مجيدُک بيان کرن والو (مُترجم)
(تَرجُمان) گو اکه زبانِ هند بيں زبان منز ترجمه کرن والو
(لِسان) گيه زبو ـ امیکو جمع گو اَلسِنَه (قدم) هميشگی ـ تيتِ
جهو قِدمُک معنی قديم ـ بيه جهو مصدر بمعنی فاعل ـ خدای تعالیٰ نه
تمُند کلام جهو قديم ـ حضور صلی الله عليه وسلم جهه قرآنِ قديمکين
مطلبن هند بيان کرن وال (ترجمان) يا جهو مراد لسانُ القدمه
اندره الهامی کتابه ـ يمن هند احکام لوک سمجهاوِک ـ يا گو حضور
صلی الله عليه وسلم چهه خداوند تعالیٰ سندس قديم آسنس پیٹھ
اکھ روشن دليل ـ ييٹھ باٹھ قرآنی آيا تو منزه مفهوم جهو سيدان

وَمَنبَعِ العِلمِ وَالحِکَمِ بيه علمکو نه گاٹه جارک وُزن جاي

(منبع)، گیہ وُزَنَ جای (ناگ)، (علم) گوزانُ - پچھان

(حِکَمْ) جمع حکمت - علیم نہ حکیم چھیہ دوشوی خداوند تعالیٰ

سندناو - حضرت صلی اللّٰہ علیہ وسلم چھیہ علمک نہ حکمتک مظہر

اتم نہ محلِّ اکمل - قرآن کریمس منز چھو عَلَّمَهُ شَدِیْدُ الْقُوٰی

علم وحکمت یُس چھو یہ چھو خاصئہ خدای تعالیٰ - یمس اللہ تعالیٰ

یم زہ وصف عطا کران چھو تمس چھو خاص عزت نہ قرب حاصل

آسان وَمَنْ یُّؤْتَ الْحِکْمَةَ فَقَدْ اُوْتِیَ خَیْرًا کَثِیْرًا آنحضرت

صلی اللہ علیہ وسلم چھیہ یمن دون وصفن ہند بنھی مظہر اتم کہ تہند

ذاتِ گرامی چھو یمن دون وصفن ہند سرچشمہ - یمکو فیض تمام

دنیاءس چھو واتان - چونکہ قرآن شریف چھو تمام علمن نہ حکمتن

ہُند حاوی - لہذا چھو یہوی سرچشمہ علمن نہ حکمتن ہُند -

وَمَظْهَرِ سِرِّ الْجُوْدِ الْجُزْئِیِّ وَالْکُلِّیِّ - بہ بخشائشہ

تہندن پوشیدہ سرن ہند جای ظہور خواہ جزئی آسن یا کُلّی -

(ظہور)، گو آشکار سپدن (مظہر)، ظاہر سپدنچ جای -

(جود)، بخشش (جزئی کلی)، منطقہ موجب گیہ جزئیچ مثال

زید - یمکو اطلاق اکس خاص شخصس پٹھ سپدان چھو -

اِس تلہ کِنہِ کا نہ جزو یا فرداہ جھونہ کُلّی، چنانچہ انسانِ
یا حیوان یم جہہ وارہین جزئیاتن تہ انواعن ہیٹ حاوی مثلاً
انسانہ سند جزو گگے زید۔ عمرو۔ بکر۔ خالد وغیرہ۔ حیوانہ سند انواع
گگے انسان۔ گر۔ گاؤ۔ خر وغیرہ۔ صوفین ہندس اصطلاحس
اندر جھو کلی اندرہ مراد عقولِ عشرہ۔ جزئی اندرہ مراد ارواح و
نفوس۔ قاعدہ جھو ہنت زہ لفظ جہہ مقابلہ اننہ یوان تنت
جہہ عمومیّت مراد آسان۔ مثلاً جزئی و کلی اندرہ جھو مراد تمام کائنات
بنھہ اندز جمادات۔ نباتات۔ حیوانات۔ عقول۔ ارواح شامل
جھہ۔ تمام کائنات جزئی کُلی پیدہ کرن جھہ خدای تعالی اسٹر
بخشائش۔ مہربانی۔ غرض امہ بخشائشہ ہند جھو وجودِ نازنین
حضرت سید المرسلین صلی اللہ علیہ وسلم لولاک لما خلقت الافلاک
جھو حدیث بالمعنی۔ اگر حضور پر نور ہند پیدہ کرن باری تعالی اس
مقصود آسِہ ملہنہ نہ آسمان سپیدہ ہنہ پیدہ۔ جزئی۔ کلی۔ مفردات
مرکبات۔ سفلیات۔ علویات۔ ساری آی حضور علیہ السلام من
ہیند خبطرہ پیدہ کرنہ۔

وَالْاِنْسَانُ عَیْنُ الْوُجُوْدِ الْعِلْوِیِّ وَالسِّفْلِیِّ

بيه اَڇ هُئڻ منهِ فلُ علويّاتن ته سفليّاتن هنڊسن وجُود ين
بنهه پاڙه منهِ فلُ ڇهو زينت اڇه هنڊ ينهي پاڙه ڇهو ذاتِ گرامي حضرت
آنحضرتن هنڊ صلي الله عليه وسلم پيدائيشه هنڌه جيانگُ ته وجُودك
زينت بخش ـ

«انسان» گو منهِ فلُ الفسَ زبر پڙهه ننهِ ته زير پڙهه نه «عين»
گيه اڇه «علوي» آسمانك روزن والِ «سِفلي» زمينك
روزن والِ ـ يم لفظ نه ڇهه اکه اکسِ متقابل ـ لهذا ڇهو يمو منزه
نهِ معني عموم مراد ـ تمام عالم آسماني آسنن يا زميني سو ڇهو
آنحضرتن هنده نوره سببت صلي الله عليه وسلم منوّر نه روشن ـ
بيه تهنده هدايته سببت راه رستس پيٺ چلان ـ سارِوي
اعضاءَ وخونه ڇهه عزيز نه نفيس اڇه ـ کيازه ساري اعضا ڇهه
بينائي کنُ محتاج ـ گويا تمام دنياءس منز ڇهو عزيز نه نفيس ترين
حضرتِ آنحضرتن هند وجودِ پاک صلي الله عليه وسلم ـ نه بيه ڇهو هُند وجود
مسعود تمام کائنات ڄ اڇه ـ بمکه ذريعه سو جمالِ آلهيگ نور ڇهو
وچهنِ هکان ـ

بيان ڇهو سپد مُهنت که خداوند تعالى انَ کرُ سارسي برونهه

حضور علیہ الصّلوٰۃ والسّلام مَن ہند نوز پیدہ۔ حقیقتِ محمدی نیاؤن
تمام دُنیاءِ ک آئینہ۔ پس سپید حضرت صلی اللّٰہ علیہ وسلّم
جزئی و کلی اسرارن ہند جایِ ظہور۔ یہندی وجودہ سبب
چھہ ساری اسرارِ جزئی و کلی ظاہر سپدان۔ جزئی گو خدای
تعالیٰ سُند سو حکم یُس شخص واحدہ سندہ خیطرہ صادر آسہ۔
کُلّی گو سو حکم یُس تمام دنیاء کہ خیطرہ آسہ مثلاً اَقِیمُوا
الصّلوٰۃَ وَاٰتُوا الزّکوٰۃَ۔

---

رُوح جسَدِ الکونَینِ دون عالمن ہندہ جسمک رُوح
(روح) گو زُو۔ جان۔ (جسد) گو جسم (کونین) گو کُنک
تثنیہ۔ زٕ عالم۔ دنیا و آخرتس آو تشبیہ دِنہ اکس جسمس سیت
حضرت صلی اللہ علیہ وسلم آے تمِک روح قرار دِنہ۔ جسمس اندر
بنو نام نہ روح آسہ تنو نام چھو سو بیکار۔ دنیاء کہ خیطرہ چھو
حضرتن ہند وجود ذی جود شمع ہدایت تہ آخرتس اندر چھو
مدارِ شفاعت پس بنیاے یم دون عالمن ہندہ جسمک روح و
روان۔ رَبَّنَا مَا خَلَقْتَ ھٰذَا بَاطِلاً۔ اگر نے حضرت
صلی اللہ علیہ وسلم دنیا و آخرتک روح آسہن نہ بیا روی

کارخانہ گوبن آسو باطل نہ بیہودہ ۔ روح چھو امرِ الٰہی ۔ امہ خوتہ
زیادہ سپز نہ امچ حقیقت اسہ پٹ ظاہر ۔ بلکہ روح امرِ الٰہی چھو
تہ ۔ حضرت چھہ تمام دنیاہک روح ۔ تہ گویا حضرت صلی اللہ علیہ
وسلم چھہ امرِ الٰہی ۔ یمہ سبب تمام کائنات پیدا پیُد ۔

وَعَیْنَ حَیٰوۃِ الدَّارَیْنِ دون گرن منز چشمۂ حیات ۔
یا دون عالمن منز خود حیات ۔ یا دنیا و آخرتکہ حیاتچ اچھ ۔
(عین) اچھ ۔ ذات ۔ (حیوۃ) زندگی یعنی سہ کیفیت
یُس جسمس اندر باعثِ نشو و نما چھہ آسان (دارین) دارک
تثنیہ ۔ گرہ ۔ گوڈنکہ فقرہ خوتہ چھہ یتھ اندر زیادہ وضاحت ۔
گوڈنکس فقرس چھو کون ہستی ۔ دومس فقرس اندر حیات یُس
نتیجہ چھو ہستی مُنز ۔ یتھ منز چھو زیادہ ترقی ۔ بیہ آسو گوڈنکس
فقرس اندر لفظ روح جسد ۔ دومس فقرس اندر عینِ حیوۃ
گویا حضرت صلی اللہ علیہ وسلم چھہ بجائے روح جسم دوحک اچھ ۔
فرق چھہ ظاہر ۔ حیات دارینہ اندرہ چھو مراد دنیاہس اندر
اعمالِ نیک ۔ آخرتس اندر جزاے خیر پس حضرت صلی اللہ علیہ وسلم
چھہ اچھ یمہ دنیا و آخرتچہ زندگیہ منز یمہ سبب دنیا

منزلِ مقصودس وانان چھو۔ اگر حضرتن ہند نور آسہِ ہینہ تہ نہ سپندہ ماہدایت حاصل نہ نہ مبلغہ ما نمکو جزا۔ لفظِ عینک معنی چھو ذات نہِ یعنی حضرت صلی اللّٰہ علیہ وسلم چھہ بذاتِ خود دوشون عالمن ہنز زندگی۔

لَوْلَاہُ لَمْ تَخْرُجِ الدُّنْیَا مِنَ الْعَدَمِ

اگر نبی نہ آسہن دُنیا ہی آسِہ ہنہ۔ عینکُ معنی چھو چشمہ تہ یعنی (ناگ) ییوانا نو منزہ چھو نہ کانہہ جانداہ یس آیہ ورای زندہ ہکہ روزِت۔ یس حضرت صلی اللّٰہ علیہ وسلم چھہ چشمۂ حیات یہندہ متابعتہ ورای کانہہ زندہ ہکہِ نہ روزِت۔ اصل زندگی چھو ایمان سو چھو حضرتن ہندہ متابعتہ سببت حاصل سپدان۔ علیٰ ہذا القیاس اگر عینکُ معنی آفتاب ہوزِو تہ حضرتن ہند وجودِ باجود چھو دون عالمن ہنزہ زندگیہ ہند آفتاب تہ مشعلِ ہدایت۔ جنابِ حضرتِ محبوبِ سُبحانیہ سُند پایۂ فصاحت و بلاغت چھو یُوت تھدُ نہ رفیع کہ یرت فقرس اندر چھہ نو نوِ مضمون انان۔ ظاہر پاٹھ چھو یوانِ ہوزنہ کہ یہ چھو کوڈ نگوی مضمون بین الفاظن اندر ونمُت مگر لفظی تحقیقہ نہ معنوی تحقیقہ سیت

چھہ فرق ظاہر سپدان۔

اَلْمُتَخَلِّقُ بِاَعْلٰی رُتْبَۃِ الْعُبُوْدِیَّۃِ حضرت صلی اللہ
علیہ وسلم چھہ عبودیّتکہ اعلیٰ رتبہ سبب موصوف۔ تہ خوی ٹِھ وال
(خلق)، گو خبس تہ لامس بیش برت۔ عادت۔ خصلت۔
مودّت۔ تخلّقُ گو کانسہ بنزہ عادتک خوگر بنُن۔ متخلّق
چھوا اسم فاعل۔ عادت رٹن والو۔ بسُ کو تہ عادتک خوگر آسہ
(رتبۃ العبودیۃ)، حق عبادت ادا کرُن۔ عبد چھو سوی یکان
سپدت بسُ عبادتِ خدا نتھہ پاٹھ بجا انہ یتھہ پاٹھ شوُبہِ
خدای تعالی سنزہ درگاہہ اندر چھو کانہہ انسان عبدیّتکہِ
خط بکُ تل مستحق سپدان بلہ سو عبودیّتک لے تبہ حاصل کرہ
خداوند تعالی ان چھو قرآن شریفس اندر فرمومُت سُبْحٰنَ
الَّذِیْ اَسْرٰی بِعَبْدِہٖ لَیْلًا گیارہ حضرتو آسو اعلی عبودیتکو
مرتبہ حاصل کرمُت تہ تمکو صلہ سید معراج۔ عبودیتکس مرتبس
اندر چھنہ کانہہ نفسانی خواہش ناپایدار زندگیہ ہنز باقی روزان
انسان چھو عبادت کران کران بتھہ درجس واتان کہ تمسنزہ
اچھ چھہ خدایہ سنزہ اچھ بنان۔ تمنز اتھہ چھہ خدایہ سند

انهن بيان - يہ مطلب آهي صحيح حديث اندر بيان ڪري ٿو آهن
تنهن سبب نہ ڪا شئ نہ اختلاف آهي - پس عبوديت تيئي اعلى
ونن آهي لازم - عبوديتڪہ رتبو اعلى آهي سبب موصوف تہ عادي
بنن آهي انسان نہ سنديس رياضتن نہ ڪوشش تي موقوف

المتحقق باسرار المقامات الاصطفائية

برگزيدگيہ مهندن مقامات مهندن راز پوشيده حاصل ڪرڻ والو
(متحقق) گو صحيح آهن - ثبوت حصول ۾ متحقق آهي
اميڪو اسم فاعل (اسرار) سِرڪ جمع (مقامات) مقام ڪ
جمع - ميمبس زبر پڙهو نہ - پيش پڙهو نہ - (وڻنچ جاي - مراد
رتبہ نہ منزل (اصطفائية) اصطفاء گو ڦارن - منتخب ڪرڻ
ممتاز ڪرڻ - بعضي نسخن اندر آهي بجاي اصطفائية (الربوبية)
يعني نشان خدائيت -

مرسلن مهندس مرتبس آهي اک اڪسنده خونہ تفاوت آسان
تنهن باڻهہ ثابت آهي از آية تِلْكَ الرُّسُلُ فَضَّلْنَا بَعْضَهُمْ عَلٰى
بَعْضٍ - امہ فضيلتنڪ منزل آهي مقرر - پرنهہ منزلس آهي اسرار
يم مرسلين حاصل ڪران آهي - منزل اصطفا آهي ساروي منزلو

خو نہ بلند زر نہ تھد منزل ۔ خدای تعالیٰ ان واتناو آنحضرت
صلی اللہ علیہ وسلم تمام پیغمبر و منزہ برگزیدہ کرتھ اتھ منزلس پیٹھ
اَتھ منزلس پیٹھ واتنکہ وجہہ چھو تہند نام پاک مصطفیٰ (برگزیدہ)
مشہور ۔

لفظِ متحققہ سببت چھو ظاہر ابزہ یم اسرارِ مقامات
اصطفائیہ حضرتن صلی اللہ علیہ وسلم دنہ آے تم چھہ تہندس
ذات مبارکس اندر تتھہ پاٹھ ثابت نہ محکم کہ تمن اندر یکہ نہ ہرگز
لغزش نہ زوال سپدن ۔ چونکہ منزل اصطفاءس چھہ وار یاہ مقام
امہ کن آو مقامات بصیغۂ جمع اننہ ۔

---

سیّدِ الاشرافِ شریفن پیغمبرن، ہند سردار ۔
(سیّد) سردار (اشراف) چھو شریفک جمع ۔ مراد چھہ
مرسل نہ پیغمبر ۔ یمن بنو تک مرتبہ دنہ آو ۔ یا گے اشراف تم
لوک یمن شریعتک رتبہ حاصل چھو ۔ حدیث شریفس اندر چھو
انا سیّدُ ولدِ آدمَ ولا فخر ۔ بوچھس بنی آدمن ہند
سردار ۔ تھکان چھس نہ ۔ یا چھو مراد اشرافہ اندرہ شُرفای
قریش ۔

وَجَامِعِ الْاَوْصَافِ بيه تمام جمالي وجلالي
اوصافن هنڌ جمع ڪرڻ والو۔

(جامِع) ڇهو اسم فاعل جمع ڪرڻ والو (اوصاف)
وصفڪ جمع - خوبي - خصلتِ نيڪ - خداي تعالى ڇهو
قرآن شريفش اندر فرماوان اَنَّكَ لَعَلٰى خُلُقٍ عَظِيْمٍ۔
يهوي گو جامعُ الاخلاق آسُن - بيه ڇهه حضرت صلّى الله
عليه وسلم اڪ مثال اڪ خلقِ حسنڪ - ڪانهه ڇهونه مثال
هڪان بينِ خلقِ حسنڪ ٻيئو تا منه نه سو تمام برگزيده
اوصافن هنڌ جامع آسِه - بئت اوصاف بين پيغمبرن
اندر لبنه ڇهه يوان حضرت صلى الله عليه وسلم ڇهه تن سارني
اوصافن هنڌ جامع - ؎

خط سبز ولب لعل ورخ زيبا داري    حسن يوسف دم عيسى يد بيضا داري
شيوه شكل وشمائل حركات وسكنات
آنچه خوبان همه دارند تو تنها داري

اَلْخَلِيْلِ الْاَعْظَمِ خداي تعالى سنڌ سڌهاه ٻڌ دوست
(خليل) گو دوست خالص (اعظم) ڇهو اسم تفضيل

بالکل بزرگ۔ حدیثس اندر چھو آمُت لو کنتُ متخذاً خلیلاً
غیرَ ربّی لاتّخذتُ اَبابکرٍ خلیلاً اگر بہ خدایس
ورای کانہہ دوست بناوہن۔ تہ بناوہن ابوبکر صدیق
یس۔ حدیثس منز چھو آمُت اِنّ اللہ اتّخذنی خلیلاً
کما اتّخذَ ابراہیمَ خلیلاً خدای تعالیٰ اَن ییتھ پاٹھ
حضرت ابراہیم دوست بناوِ تیتھے پاٹھ بناوِس بہ دوست
لفظِ اعظمہ سیت چھہ حضرتِ آنحضرتن ہنز فضیلت حضرت
ابراہیمس پٹھہ ظاہر۔ چونکہ مقصود بالذات چھو از پیدائش
عالم حضور علیہ الصلوٰۃ والسلامن ہند وجودِ باجود۔ لہٰذا چھو
خلیل اعظم اکوی۔ دویم چھو نہ کانہہ۔

الحبیبِ الاکرمِ۔ سٹھاہ گرامی محبوب۔ دوست
(حبیب) چھو بروزنِ فعیل کاہی بمعنای فاعل آسان یعنی
دوست تھون والو۔ کاہی چھو بمعنای مفعول آسان گو محبوب
یعنی دوست تھونہ آمُت دوشوی معنی چھہ ینت مطلب۔
(اکرم) سٹھاہ گرامی سٹھاہ بزرگ۔ محبتس تہ خلتس منز چھہ
فرق۔ خلّت چھو محبتہ خوتہ تھد۔ حُب چھو محبتس تہ

خلتس دوشون شامِل ۔ یتھے پاٹھ چھو لفظ اکرم اعظمہ خوتہ
معنین اندر زیادہ ۔ لفظِ اکرم چھو کرمس تہ عظمتس دوشون
شامِل ۔ پیغمبرن چھِہ خاص خاص لقب ۔ حضرت ابراہیمس
چھو لقب خلیل ۔ حضرتِ موسیٰ اَس کلیم ۔ حضرتِ آنحضرتن
حبیب صلوات اللہ علیہم اجمعین قصیدۂ بردس اندر چھو

ھو الحبیب الذی ترجیٰ شفاعتہ لکلِ ھولٍ من الاھوالِ مقتحمِ

حبیبس اندر چھِہ خلت و کلام وغیرہ اوصاف ساری شامِل
لقب حبیب چھو خلیل و کلیمہ خوتہ کَتھاہ ہند ۔ حبیبک مفہوم
چھو یمہ شعرہ اندرہ حاصل سپدان ؎

من تو شدم تو من شدی من تن شدم تو جان شدی
تاکس نگوید بعد ازین من دیگرم تو دیگری

---

الْمَخْصُوْصِ بِاَعْلَی الْمَرَاتِبِ وَالْمَقَامَاتِ خاص
کرنہ آمُت ہندِ یو مرتبو نہ ہندِ یو مقامانو سیت ۔
(مخصوص) صیغۂ اسم مفعول خاص کرنہ آمُت (مراتب)
مرتبُک جمع (مقامات) مقامُک جمع ۔ یتھے پاٹھ مجازات
جمع مجاز چھو ۔ قرآنِ شریفس منز چھو وَاَمَّا مَنْ خَافَ

مقام ربہ ۔ مراتبہ اندرہ چہو مراد معراج ۔ ختم نبوّت ۔
شفاعت ۔ حُب ۔ مقاماتہ اندرہ چہو مُراد مقام وسیلہ
مقام محمود وغیرہ ۔ ہم مقامات نہ مرتبہ جہہ خاص کرنہ آمنت
حضرت آنحضرتن ہندہ خیطرہ صلی اللہ علیہ وسلم ۔

وَالْمُؤَیَّدِ بِاَوْضَحِ الْبَرَاهِیْنِ وَالدَّلَالَاتِ ۔ بیہ
قوت نہ طاقت دِنہ آمُنت سٹھاہ روشن نہ صاف حجتونہ
بنو دلیلوسینت ۔

(مؤید) صیغۂ اسم مفعول توانا کرنہ آمُنت ۔ قوتّ دِنہ آمُنت ۔
(اوضح) صیغۂ افعل التفضیل سٹھاہ روشن نہ صاف (براہین)
بُرہانک جمع ۔ حُجّت (دلالات) دالس زبر پرتنہ نہ
زیر پرتنہ جمع دلالت نہ جمع اِدِلّہ ۔ ہدایت ۔ بعضی نسخن
اندچہو (ادِلّات) اِدِلّہ چہو جمع دلیل ۔ براہینہ اندرہ چہو
مُراد آیاتِ قرآن ۔ ہمہ سینت پیشین گوئیہ واضح جہہ سیدان ۔
دلالاتہ اندرہ جہہ مراد نم احکام ہمن ہندہ برکتنہ سینت لوکن
ہدایت سُپند ۔ نتہ نِمہ دلیلہ ہمہ برو تٹھمن الہامی کتابن اندر
حضرت آنحضرتن ہندس رسالتس نسبت موجود جہہ ۔

یم براہینِ قاطع تہٕ دلائلِ ساطع چھہٕ ینھہ روشن تہٕ صاف ینھنہ
انکار ہکہٕ سپدِت۔ خدای تعالیٰ چھُ پیغمبرن براہینو تہٕ دلیلو
سِیت تائید کران۔ یُوتھ تہندِس دعوای ہنویس پٹ
دلیل واضح تہٕ برہان روشن آسہِ۔ قرآن شریف چھُ معجزہ
چھُ کہ کانٛہہ شخص ہکہٕ نہٕ تَمِن مقابلہ اکھ سورہ تہٕ انِتھ۔
امی خاطرہ چھُ اللہ تعالیٰ اَکِ فرماوان فاتوا بسورۃ من مثلہ

المنصُورِ بالرُّعبِ والمُعجِزاتِ ہیس مدد چھُ دِنہٕ
آمُت رُعبہ سِیت تہٕ بیہ بڈِ بڈِ معجزو سِیت۔

(منصور) چھُ صیغۂ اسم مفعول مدد دِنہٕ آمُت (رعب)
عینس جزم پرنہٕ تہٕ پیش پرنہٕ تہٕ۔ خوف۔ حشمت۔ دبدبہ۔
شوکت۔ یمہ سِیت دشمنن سندِس دِلس منز خوف پیدہ چھُ
سپدان۔ حدیث شریفس منز چھُ کہ چہار طرف آس دشمن
حضور علیہ السلام من ہندہ رُعبہ سِیت اکہ ریتچہ وتہٕ تان
کھوژان۔ بیہ چھُ مراد یمہ اندرہ سو خوف یُس دشمن ہندِس
دِلس پٹھ جنگِ احدس اندر پیدہ سپد۔ قرآن شریفس
منز چھُ آمُت سَنُلقی فی قُلُوبِ الذین کفروا الرعب

اس نزاوؤ کافرن مھندن دلن اندر جانہ نشو کنگ نہ خشمنگ

خوف ‹معجزات› چھو معجز ک جمع ۔ اعجاز کو کانھہ شخص

عاجز کرُن ۔ چونکہ خرق عادانہ سبب چھہ منکر عاجز سپدان

امی سببہ سپُدانؔ ناو معجزہ ۔ حضرت آنحضرتؐ مھند معجزات چھہ

بکثرت مشھور ۔ بعض معجزن ھلہز ذکر چھہ آمزینؔ د روؤ کبزب احمزمن

زعلبس نہ معجزاتن چھہ نصرت لازمی ۔ نصرت چھہ دوبہ

قسمہ آسان ۔ اکھ گبہ جسمانی چنانچہ جنگ احد ح فتح ۔ بیاکھ

گبہ وجدانی چنانچہ قرآن شریفکس فصاحت و بلاغتس برٕ ونھ

گنہ منکرن مھنُد مغلوب نہ عاجز سپدُن ۔

الجوھر الشریف الابدی ۔ جواہرہ نفیس نہ پاکیزہ

ھمیشہ روزن والو ۔

‹جوھر› اتھ چھہ واریاہ معنی ۔ اصل یعنی کونہ چیز کُ نہ

بیہ تمکو خلاصہ ۔ قائم بالذات یُس بمقابلۂ عرض چھو آسان

لعل مخمنہ ۔ جوہر چھو معرّب گوہر ک ‹شریف› بزرگ ۔

بالکل پاکیزہ ۔ نفیس ‹ابد› یُس ھمیشہ روزہ ۔

والنور القدیم المحمدی ۔ بیہ ھمیشہ آسون

همیشہ پوشہ وُن نور۔

بعض نسخن اندر چھو "السّرمدی"، بجای محمّدی (قدیم) گو دیرینہ۔ زمانہ دراوٗک۔ حضرت صلی اللہ علیہ وسلم چھہ میوہ قدِ یکہ کلِک (محمّدی)، منسوب بہ محمّد علیہ الصلوٰۃ والسلام۔

یمن دوشون لفظن نسبت چھہ بعض لوک اعتراض کران کہ پروردگارہ سندس ذاتس تہ حضور علیہ السلامن ہندس ذاتس منز کیا فرق چھ ییلہ دوشوی قدیم تہ ابدی آسن۔ یہ اعتراض چھو یمن لوکن ہندہ طرفہ یم عربیّتہ نش تہ تمکہ حقیقتہ نش بیخبر چھہ یتھ لفظک اطلاق تہ استعمال چھو کونہ مطلق یاپٹھ آسان بالعضی کونہ خاص حیثیتہ سبت آسان۔ حیثیت تہ اعتبار چھو پرتھ کونہ استعمالس یُن دِوان کڈِتھ۔

یہ چھو نہ کانسہ صوفی سُند دعویٰ کہ یسہ قدامت تہ یسہ ابدیّت خدای تعالیٰ اَس چھہ۔ سَے قدامت تہ ابدیّت کیا چھہ حضور علیہ الصلوٰۃ والسلامس۔ بلکہ چھو حیثیّت و اعتبار جُدا جُدا۔ آنحضرتو صلی اللہ علیہ وسلم چھو فرماومُت اول ما خلق اللہ نوری۔ یس خدای تعالیٰ چھو خالق۔ حضور علیہ السلام

چھہ مخلوق ۔ شرکگو چھو نہ اتھ اندر شائبہ ۔ بلکہ چھو معنی یہ
بلہ خدای تعالی آن دُنیا پیدہ کرنہ گوڈہ کُرن نورِ محمدیؐ پیدہ
مختلف اصطلاحن اندر چھو اِمیکو ناو نُورِ نہ عقلِ اوّل ۔ یہ
نورنہ عقل کیا آس؟ خدای تعالی آن چھو فرماومُت وَمَا
اَرْسَلْنٰكَ اِلَّا رَحْمَةً لِّلْعٰلَمِيْنَ ۔ یہ آس خدای تعالی سنز
رحمت ۔ رحیم چھو صفتِ خدا ۔ یہ چھو قدیم ۔ کیازہ سو چھو نہ
کانہہ وقتاہ تمبھو فرض یوان کرنہ نہ ازلاً نہ نہ ابداً بلکہ رحمتِ
الٰہی ذاتِ الٰہیہ نشہ جدا آسہ ہا ۔ نہ چھو یہ صفت باگراونہ یوان
اگر باگراونہ ییہ تلہ چھو حدوث لازم یوان نہ خدای تعالیس
چھو نہ کانہہ صفتاہ حادث ۔

پس اگر اتھ نورِ محمدیس جوہرِ شریف ابدی یمن معنین ہنزِ
اعتبارہ وننہ آو نہ کیا اعتراض چھو ۔ اگر اتھ نورس نورِ قدیم
محمدی وننہ ییہ نہ کتھہ پاٹھہ چھو شرک لازم یوان بلکہ النور
المقدس چھ نسبت کرنہ ییت محمد علیہ السلام سُن چھو نہ شائبہ
شرک بالکل روزان ۔ کیازہ از آیہ اللہُ نُورُ السَّمٰوٰتِ وَ
الاَرْضِ چھو سو نور مُرادیس ذاتِ الٰہیک صفت چھو ۔

پس ڇھو بہر صورت نور صفت خدا - اگر سو خدا یہ سندس ذاتس
متعلق آسہ نہ تہ ڇھو قدیم - اگر حضور علیہ السلام من کُن منسوب
آسہ تہ ڇھو ظلّی نہ وہبی - اللہ تعالیٰ ان ڇھہ قرآن مجیدس اندر
واضح پاٹھ حقیقی نورچ نہ ظلّی نورچ فرق بیان کرمژ - یمہ
سببہ تمام اعتراض دور ڇھہ سپدان - اَللّٰہُ نُوْرُ السَّمٰوٰتِ
وَالْاَرْضِ مَثَلُ نُوْرِهٖ كَمِشْكٰوةٍ فِيْهَا مِصْبَاحٌ اَلْمِصْبَاحُ
فِيْ زُجَاجَةٍ اَلزُّجَاجَةُ كَاَنَّهَا كَوْكَبٌ دُرِّيٌّ يُّوْقَدُ
مِنْ شَجَرَةٍ مُّبٰرَكَةٍ زَيْتُوْنَةٍ لَّا شَرْقِيَّةٍ وَّلَا غَرْبِيَّةٍ
يَّكَادُ زَيْتُهَا يُضِيْٓءُ وَلَوْ لَمْ تَمْسَسْهُ نَارٌ نُوْرٌ عَلٰى
نُوْرٍ يَهْدِي اللّٰهُ بِنُوْرِهٖ مَنْ يَّشَآءُ -

خدای تعالیٰ ڇھو آسمانن نہ زمینن ہند نور - تمسندہ نورچ مثال
ڇھہ اکہ طاقچ مثال ہش یتھ منز ژونگ ڇھو - ژونگ ڇھو
قندیلس اندر - قندیل ڇھو تیھو صاف وشفّاف زن ڇھو
چمکہ وُن تارُک - اَتھ منز ڇھو برکتہ والہ کُولِک تیل زالنہ
یوان - سو گو درخت زیتون - نہ زمین مشرقُک نہ نہ زمین
مغربُک - بلکہ درمیانی زمینہ ہُند یعنی ملک شامکو سو تیل

چھو تتھو صاف زٕ دزٕ پتھ چھو نیاد اگر نہ تتھ ژکھ پیہ دِنہ
نور علی نور نورس پٹھ نور ۔ خدای تعالی چھو پننہ نورٕ
سبٕت ونٕھ ماوان پس یژھ نہ پتھ ۔ تفسیر خازن چھو یمہ
آیہ کس تفسیرس اندر لکھمُت کہ یہ تشبیہ چھو آنحضرتن مہندس
حقس منز صلی اللہ علیہ وسلم (مشکوٰۃ) گو طاق سو گو تہندٕ
سینہ مبارک (زجاجہ) گو قندیل ۔ تہند دِل مبارک مصباح
گو ژونگ ۔ نور الٰہی یمہ سبٕت حضرتنٛ مہند دِل مبارک روشن
چھو ۔ پس اکھ نورس قدیم ونُن یمہ اعتبارہ کہ سو چھو خدایہ
سُند نور ۔ محمدی ونُن یمہ وجہہ کہ سو چھو تہندس دِل مبارکس
اندر ۔ چھو جائز ۔ پس آو اکس لفظس دُ وِ بوا عتبار و مختلف
الفاظو سبٕت تعبیر کرنہ ۔ تصوف کین کتابن اندر چھو امیکو مفصّل
بحث کہ عالم پیدہ کرنکہ وقتہ آسو اللہ تعالیٰ اَس ملاحظہ
اکھ نور ۔ سو آسو نور قدیم ۔ تمہ نورکہ پراگاشہ سیتی پرزہ لیاوُ
نور محمدی صلی اللہ علیہ وسلم گو با حضور علیہ الصلوٰۃ والسلام سُند
ہُنْد سینہ و دِل مبارک چھو بمنزلہ طاق و قندیل ۔ اتھ منز
چھو سوی نورِ قدیم الٰہی پرتو ترا ون والو۔

لفظِ قدیمہ سیتئ بس شبہٕ شرک پیدا اپُن سو سُید دور لفظِ
المحمدیہ سیتئ - گوڈنکس فقرس الجوہر الشریف لاابدی
بس منز چھُو نہ شرک - کیازِ خدا تعالیٰ نہ چھُو جوہر تہ نہ عرض
حضور صلی اللہ علیہ وسلم چھہ ازلی امہ سببہ کہ تم چھہ خاتم النبوۃ
بنونک نور آسو ابتدا پٹھہ - لہٰذا ین معنین منز چھہ تم
نور ازلی نہ یہ ازلیتٔ چھہ مِتن خدای تعالیٰ اَن بخشمژ -
تم چھہ خدای تعالیٰ سندہ ازلیتک ظِل (سایہ) نہ پیدائشہ
ہند روح - یہ جوہرِ شریف چھُو عالمک اصل وجود -
یہ چھُو پرتھ ذرس اندر لبنہ یوان - خدای تعالیٰ اَن بلہِ دُنیا
پیدہ کرُ تہ یہ گوڈنی پیدہ سُپُد تمکُو نا وچھُو نعتبٔن اوّل -
یوہُی گو نورِ محمدّی - امی نسبتہ سیتئ چھُو تَنت ازلی نہ
ابدی ونہ یوان - یہ تشریح کرُن چھُو ضروری کہ :-
قدیم چھُو دون قسمن ہیٹ اکھ گو قدیمِ حقیقی سو گو ذات
باری تعالیٰ - بیاکھ گو قدیم مجازی سو گو ذات مبارک حضرت
آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم اتھ چھہ ونان قدیم بالزمان نہ کیازِ
تہند نور آو گوڈنی آفریدہ کرہ نہ پرتھ کو نہ چیزہ برونٹھ اَتْ

بیہ قدیم تہٖ وننہ - بیہ ابد - ازل - سرمد - یمہ تشریحہ سیت
چھہ مہبد کہ کائنہ بوزنہ ؤنِ شک و شبہہ گنجایش -

سَیِّدِنَا مُحَمَّدِنِ الْمَحْمُوْدِ فِی الْاِیْجَادِ وَالْوُجُوْدِ

سانو سردار حضرت محمد تعریف کرنہ آمُت پیدہ کرنس منز تہٕ
پیدہ آسنس منز تہٕ -

(سیّد) گو سردار (محمّد) چھو اسم مفعول تحمید کِ تہٕ صیغۂ
مبالغہ یعنی سٹھاہ تعریف کرنہ آمُت (محمود) تہٕ چھو اسم مفعول
تعریف کرنہ آمُت اتھ اندر چھو نہ مبالغہ (ایجاد) گو پیدہ کرُن
نہٕ ننیھنہ گوڈہ مثلی آسہ نہ مادہ آسہ - تعریفو یتہ آئی وَن حضور
علیہ الصّلوٰۃ والسلام ہند نام مبارک انہ - امہ طرفہ سیت یس
شوق تہٕ ترغیب پیدہ سپدان چھو سو چھو ظاہر -

فی الایجاد والوجود کیو لفظو سیت چھہ یہ ثابت کران کہ
حضور علیہ الصّلوٰۃ والسلام آس ابتداءٓ محمود - کیازِ تم چھہ نوز
خدایہ نشہ پیدہ سپدمت - نوز خدا چھو محمود - یا چھو مراد
نبوت تہٕ اشارہ چھو بطرف کنتُ نبیًّا و اٰدم بین الماءِ والطین
ایجادہ اندرہ چھو مراد پیدائشہ ہند وقت - وجودہ اندرہ

چهو مراد مطلق هستي - به چهو ظاهر که وجود چهوا يجاده نش
مقدم - گويا حضور صلى الله عليه وسلم چهه دوستون حالتن اندر
پيدائش دنياءِ س منزنه نه قبل از پيدائش دنيا ممدوح نه
مشکورنه تعريف کرنه آمنت - به معنى چهو زياده لطيف که
حضرت صلى الله عليه وسلم نهنه پاڙهِ ايجادکس حالس اندر
محمود چهه (کيازه نم چهه باعثِ پيدائشِ عالم لولاکَ لما
خَلَقتُ الافلاکَ چهو نهندس شانس اندر - دنياءِ ک محسنِ
چهه - احسان چهو سبب حمدُ ک نه شکرک) نهچهے پاڙهه چهه
وجودکس حالسِ اندرنه محمود - کيازه تهند وجودِ باجود چهو
شمع هدايت نه آفتاب رسالت -

---

اَلفاتِحِ لِکُلِّ شاهِدٍ وَّمَشهُودٍ حضور پرنور صلى الله
عليه وسلم چهه دنياءِ ک ابتدابيه پيکنيزاه نهنه اندر چهو -
(فاتح) گو کهولن والو فاتحُ الباب گو دروازه کهولن والو +
ابتدا کرن والو - به ونڈه بکن والو - فاتحةُ الکتاب گو کتابه
هندگوڈ - (شاهد) گواه - ناظر - حاضر (مشهود)
منظور - وهنه آمُنت - شاهده اندره چهو مراد عارف -

مشہودہ اندرہ چھو مراد تجلیات آلٰہی ۔ یا چھہ شاہدہ اندرہ
مراد پیغمبر ۔ مشہودہ اندرہ احکام آلٰہی ۔ آنحضرت صلی اللہ
علیہ وسلم چھہ علم معرفتک ابتدا کرن وال ۔ یا ساری پیغمبرن
نہ احکامن ہند ابتدا سہ آخر آمد بود فخر الاولین ۔ یہ کنیزراہ
عارفانِ کاملن نہ پیغمبرن معرفتکے نہ احکام آلٰہین ہند علم
حاصل سپد ۔ سو سپد یہندی ذریعہ ۔ تصوفس اندر چھو
شاھد صوفیہ سُند اک مرتبہ یتہ سو انوار آلٰہی وُچھنک بار
. بردار چھہ سپدان ۔ اتھ حالس اندر یہ کنیزراہ سو وچھان چھو
تتھ چھہ ونان مشہود ۔ یہ چھو تُھد مرتبہ اک ۔ اَمہ مرتبک
افتتاح کرن والو چھو حضرت آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم ۔
یا چھہ شاہدہ اندرہ مراد پیغمبر نہ مشہودہ اندرہ امت یتھہ
پاٹھہ قرآن شریفس اندر چھو امت وَكَذٰلِكَ جَعَلْنٰكُمْ اُمَّةً
وَّسَطًا لِّتَكُوْنُوْا شُهَدَآءَ عَلَى النَّاسِ ۔ یا چھہ شاہدہ اندرہ
مراد فرشتہ ۔ مشہودہ اندرہ انسان ۔ بم نہ چھہ زہ لفظ
اک اکس متقابل بیو منزہ کُل نہ عموم چھو مراد انسان یعنی حضور
علیہ السلام چھہ دنیاہک نہ بیہ یہ کنیزہ انتہ منز چھو تمک ابتدا ۔

**حَضْرَةِ الْمُشَاهَدَةِ وَالشُّهُوْدِ** حضور صلی اللہ علیہ وسلم چھہ پانہ بارگاہ مشاہدہ بیہ شہود -

اڈن لفظن اندر چھُو المشاھد، مشھدُک جمع (شھود) بیہ چھُو شاھدُک جمع - یا چھہ مشاھدہ و مشھود و شھود اسم مصدر - یا چھُو مشاھد و مشھد ظرف مکانک جمع - یتھ پاٹھ مسجدہ ہُند جمع چھُو مساجد - معنی گو صاحب مکانِ مشاھدہ - یتہ ارواح فرشتہ حاضر چھہ آسان - مُشاھدہ نہ شھود چھہ نہ جا یہ معرفتچہ - مُشاھدس چھہ وار پایہ منزل - یم عرفاءِ کاملین تہ انبیاء علیھم السّلام طے چھہ کران - یم منازل طے کرت چھہ اخیر منزل شھودس تان واتان - یہوی گو فنا فی اللّٰہُک منزل یتھ اندر شانِ ایزدی عارفس گھیرہ چھُو کران یتھ پاٹھ حدیثس منز چھُو آمت لَا یَزَالُ عَبْدِیْ یَتَقَرَّبُ اِلَیَّ بِالنَّوَافِلِ حَتّٰی اَحْبَبْتُہٗ فَکُنْتُ سَمْعَہُ الَّذِیْ یَسْمَعُ بِہٖ وَبَصَرَہُ الَّذِیْ یُبْصِرُ بِہٖ وَیَدَہُ الَّتِیْ یَبْطِشُ بِھَا وَرِجْلَہُ الَّتِیْ یَمْشِیْ بِھَا وَاِنْ سَاَلَنِیْ لَاُعْطِیَنَّہٗ اِلٰی اٰخِرِ الْحَدِیْثِ (رواہ البخاری) یعنی ہمیشہ چھُو

بیا نو بندہ نوافلو سیتھ مہٕ کُن نزدیکی حاصل کران یتھو تام
بو چھوس سُہ سُوینٛ دوستھ بناوان ۔ ادہ چھوس بو کُن بنان
تمُند یہ سیتھ سو بوزان چھو ۔ بیہ تمُنزہ اچھہ بنان ۔ بیہ
سیتھ سو وُچھان چھو ۔ بیہ تمُند اتھ بنان یمہ سیتھ سُہ
رٹان چھو ۔ بیہ تمُند کھور بنان یمہ سیتھ سو پکان چھو ۔
اگر سو مے کینہہ منگان چھو ۔ بو چھوس تمِس تہٕ ضرور دیوان
(آخر حدیث تان) ، یتھ چھہ امام بخاری صبن روایت کرمژ
اگر لفظ حضر تہٕ منزہ درگاہ آسہ مراد ۔ تلہ گو معنی یہ کہ
حضور علیہ السلام من ینز بارگاہ چھہ مشہد ۔ یعنی سہ جای
یتہ خدای تعالی سند تجلی چھہ صاف نظرہ یوان تہٕ یہی
بارگاہ شہود چھہ عارفان خدا ینز مطلوب تہٕ مقصود
ات صورتس اندر چھو واو عطف تفسیرہ خاطرہ ۔

نُورُ کُلِّ شَیْءٍ وَهُدَاهُ ہر تھ چیز ک نور تہٕ بیہ تمیکو ہدایت
حدیث شریف منز چھہ آمُت انا مِن نورِ اللہ والخلق
کلھم من نوری ۔ بو چھوس از نورِ خدا ۔ خلق چھہ ساری مانہ
نوزہ کنِس ۔ پس سُید ثابت کہ ہر تھ چیزس اندر چھہ نورِ محمدی

صلی اللہ علیہ وسلم ۔ قرآن شریفہ اندرہ چھو ثابت کہ
حضور علیہ السلام چھہ تمام عالمکہ ہدایتہ خیطرہ سوزنہ آمت
لہٰذا چھہ تم پرتھ بسترہ سندہ خیطرہ یُس ہدایت قبول کرنک
استعداد آسہ تھوان ۔ ہادی نہ رہبر ۔ قرآن مجیدُک تعریف
چھو یُس شرح چھو اخلاقِ محمدین ہند ھُدًی لِلْمُتَّقِیْن
یس وجودِ ذی جودِ چھو حضرتِ آنحضرتن ہند صلی اللہ علیہ وسلم
ہدایت ۔ یتھہ پاٹھ آفتاب چھو تمام دُنیاکِس ذرّہ ذرّن
روشن کران ییتھے پاٹھ چھو حضور علیہ السّلامن ہند نور
پرتھ چیزس اندر درخشان نہ روشن ۔ یتھہ پاٹھ بجلی سندس
کُونہ پہاڑس پیٹھ روشن چھہ یوان کرنہ نہ تمام جہازبانن چھہ
رہنمائی کران ۔ ییتھے پاٹھ چھو وجودِ ذی جود حضرت آنحضرت
صلی اللہ علیہ وسلم توکُن ہند رہنمانہ ہادی ۔

## وَسِرِّ كُلِّ سِرٍّ وَّسَنَاہُ اَلَّذِیْ شُقِّقَتْ لَہُ

الاَسْرَارُ وَانْفَلَقَتْ مِنْہُ الاَنْوَارُ یتھہ پرتھ
پوشیدہ چیزُک سِرتہ تنچ روشنائی + سوذاتِ فائضُ
البرکات یسندہ خیطرہ نن آی کڈنہ اسرارِ پوشیدہ بیہ ہمن نش

روشن و تابان سپد تمام ظاهري و باطني نور۔
(سر) راز پوشیده (سنا، گبه روشني (شق)، پهاڙ و ن
ڪکره سپدن (انفلوق)، روشن سپدن ۔ ظاهر سپدُن ۔
سِر چهو تصوفُک اکھ اصطلاح مراد امر پوشیده ۔ گونه چهو مراد
بوان ننه روحه نش ۔ گونه چهه مراد آسان سه کیفیت بسه درمیان
خدا و عارفانِ خدا چهه بطورِ راز پوشیده آسان ۔ بیه چهو سِر
اک کیفیتاه بسه عارفه سندس دلس منز بیده چهه سپدان ۔
قصیدهٔ غوثیس اندر چهو ولو الفیتُ سرّي فوقیت +
سِرّه اندره چهو مراد اسمِ اعظم ۔ تمه سو قوّت نه استعداد
بسُ خدای تعالی ان جناب حضرتِ محبوب سبحانیس رضي الله
تعالی عنه عطا کرُ ۔ معنی گو ابزه حضور علیه الصلوٰة والسلام
چهه پرته رازک راز دان ۔ بیه سرّن هند سِر نه خلاصهٔ موجودات
با آو یمن بخشنه اسمِ اعظمک طاقت ۔ ته تمام اسرارِ الٰهین هند
چهه تم خبردار ۔ یا چهو سرّه اندره مراد الهامي کتابه نه حضور
علیه السلام چهه یمن الهامي کتابن هند سِر نه اصول ۔ موگرُ
شریعتِ محمدی قائم سپد یمیمے که نا کرده قرآن درست +

گنبخانہ چند ملت نشست + امی روشنیہ منڈہ سببہ آئی اسرار و انوار الٰہی ظاہر کرنہ ۔ اسرار الٰہی آس صفاتِ الٰہین سیت موجود ۔ حضور علیہ السلام آئی پیغمبری سوزنہ نہ بم ساری اسرار گےٗ نن ۔ ییتھہ پاٹھہ صبحکہ فولنہ سیت پرتھ ذرّہ روشن سپدان چھو ینبھے پاٹھہ سُید آنحضرتن منڈہ صبح لعثتہ سیت دنیا روشن

اَلسِّرِّ الْبَاطِنِ ۔ راز پوشیدہ باعتبار حقیقت محمدی (سر) راز (باطن) پوشیدہ ۔ یعنی اے خدا دروٗد سوز راز باطنس پیٹھ ۔ راز نہ باطن دوشون منڈہ معنیہ سیت چھو پوشیدگیہ منز مفہوم ظاہر سپدان ۔ مراد چھو اتھ حضور علیہ السلامن منڈہ ذاتِ اقدسک کانہہ حد نہ نہایت چھونہ لبنہ یوان ۔ تہند اخلاق تہ اوصاف چھہ انسانہ سندہ ادراکہ نش ستھاہ تھدس بعد از خدا بزرگ توئی قصۂ مختصر صاحبِ قصیدۂ بُردہ چھو فرماوان

وَكَيْفَ يُدْرِكُ فِي الدُّنْيَا حَقِيْقَتَهُ قَوْمٌ نِيَامٌ تَسَلَّوْا عَنْهُ بِالْحُلُمِ

یعنی کتھہ پاٹھہ ہکہ معلوم کرتھ حقیقتِ محمدّی سو شخص یُس خوابِ غفلتس اندر شونگتھ آسہ ۳

وَالنُّوْرِ الظَّاهِرِ بیہ ٹن نور باعتبار ہدایت و تبلیغ

حضرتن ہند ذات جیہو گونا گون اوصافن منہ جامع - باعتبار علوّ رتبۂ نبوت جیہہ تم سرّ باطن - یعنی تہجی سر کہ کاہی چھونت بیٹھ مطلع ہکان سپارت - باعتبار ہدایت و تبلیغ قرآن جیہہ تم نور ظاہر - یہچہ روشنی اندر ہر خطہ ذرّہ ہدایت جیہہ حاصل کران - قرآن شریفس منز جیہو فَقَدْ جَاءَكُمْ مِّنَ اللّٰهِ نُوْرٌ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلمن ہند وجودِ ذی جود جیہو لوکن منزہ ہدایتہ جنبطرہ خدای تعالیٰ سندہ طرفہ اکھ نور نہ امہ نورک منبع جیہوٗ ذاتِ باری تعالیٰ -

اَلسَّيِّدِ الْكَامِلِ دین پورہ کرن والو سردار -

(سید) سردار (کامل) ضد ناقص - حضور صلی اللہ علیہ وسلم چھہ سردار نہ بوجہ ختم نبوت جیہہ کامل - قرآن شریفس اندر جیہو اَلْيَوْمَ اَكْمَلْتُ لَكُمْ دِيْنَكُمْ - پس باعتبار تکمیل دین سید تم کاملِ

اَلْفَاتِحِ الْخَاتِمِ بر ونٹھ بنہ والو نہ ختم کرن والو -

(فاتح) گو بر ونٹھ بنہ والو - شروع کرن والو - حضرت صلی اللہ علیہ وسلم چھہ پیدائشہ اندر ساری پیغمبرن مقدّم نہ باعث

دُنیا پیدہ گھڑہ تک۔ بیہ پیغمبرن ھند ختم کرن والو۔ یاگو فاتح موڑہ راون والو۔ حضور صلی اللہ علیہ وسلم جہہ ہدا نیک دروازہ جنتک دروازہ کھولن وال۔ تہندہ سببؔ کھو جہ اللہ تعالی اَن اَنہ اپھہ۔ رزکَن۔ ولمِت دِل۔ بیہ کھولن تہندہ سببؔ کفرک شہر علمچہ وِنہ۔ عمل صالحچہ وِنہ۔ ییخہ بایٹ درحدیث آمُن جہہ

## الاوّلِ الاخِر ابتدا تتہ انتہا تہ۔

حضور علیہ السلام چھہ اول پیدائشہ اندر تہ آخر پیغمبری اندر حدیث شریف اندر جہو نحنُ الاخِرُونَ السّابقون بَیدَ انّھُم اُوتوا الکتابَ مِن قَبلِنا واُوتیناہُ مِن بعدِ ھِم (بخاری شریف) ؎ آخر آمد بود فخر الاولین۔

## البَاطِنِ الظّاھِرِ باطن تتہ ظاہر تہ۔

مرتبہ تہ شانکہ اعتبارہ جہہ نہ انسانہ سندہ ادراکہ خوتہ تھاہ تھد امہِ کِن جہہ باطن۔ تبلیغہ کہ لحاظہ جہہ آفتاب منور۔ امہ کِن جہہ ظاہر۔

## العَاقِبِ الحَاشِر پتہ ییہ والو تہ جمع کرن والو۔

(عاقب) جہو اسم فاعل عقبکُ۔ عقب گو پتہ یُن یعنی

پیغمبرن پتہ پتہ والو۔ (حاشر) چھو اسم فاعل جمع کرن والو

(حشر)، گو جمع کرُن۔ تمام امتس ان جمع کرتھ روز قیامت

پانس پتہ پتہ۔ پتہ تم شفاعتِ کبریٰ فرماون۔

اَلنَّاهِي الاٰمِرِ امر معروف نہ نہیِ منکر کرن والو۔

ناهي عن المنکر گو کفرس نہ گنہونس رُوکاوَن والو۔

الاٰمر بالمعروف گو ایمانک نہ عباذنک حکم کرن والو۔

اَلنَّاصِحِ النَّاصِرِ نصیحت کرن والو نہ فتحمند۔

(ناصِح)، گو دنیاہس نیکیہ مُنذ نہ پرہیزگاری ہند نصیحت

فرماون والو (ناصر)، دشمن پٹھ فتح نہ کامیابی حاصل کرن والو۔

اَلصَّابِرِ الشَّاکِرِ۔ صبر کرن والو نہ شکر گذار۔

تکلیفن اندر صبر کرن والو۔ خدای تعالیٰ سنزن نعمتن نہ مہربانین

پٹ شکر کرن والو۔ عبد شکورُن مرتبہ چھو سٹھاہ تھدُ

حضرت صلی اللہ علیہ وسلم آس پرتھ حالس اندر شکر بجا انان نہ

تکلیفن پٹ صبر کران۔ لہذا چھو یہند اسم گرامی صابر نہ شاکر۔ قرآن

شریفس اندر چھو اِعْمَلُوا آلَ دَاوٗدَ شُکْرًا وَقَلِیْلٌ مِّنْ عِبَادِیَ الشَّکُوْرُ

اَلْقَانِتِ الذَّاکِرِ۔ (قانت) گو دعا کرن والو خدایتعالیٰ سند

احکام نہ وظائف ادا کرن والو نہ بجا انن والو۔ اللہ اکر،
خدای تعالی اس صبح وشام یاد کرن والو۔

اَلْمَاحِیْ۔ محوُک اسم فاعل۔ شرک نہ کفر مٹاون والو۔

اَلْمَاجِدِ مجدُک اسم فاعل۔ بزرگیہ والو۔ شرافتہ والو۔

جَدَّہٗ بُڈ۔ حضور صلی اللہ علیہ وسلم چھہ نسبہ کن نہ تہ حسبہ
کن نہ بزرگ۔ ختم نبوتکہ خلعتہ سببت ممتاز لہذا اچھو نہند مجد ثابت

اَلْعَزِیْزِ۔ غالب۔ خدایہ سُند ٹوٹھ۔ باکافرن پٹھ
غالب۔ باہمتش نہ عزمس اندر غالب نہ ما فوق۔

اَلْحَامِدِ۔ راتش نہ دوہس خدای تعالی سند شکر گذار۔

اَلْمُؤمِنِ۔ خدای تعالی سندس وحدانیتس پڑھ کرن والو۔

اَلْعَابِدِ۔ خدای تعالی سنز بندگی ظاہر و باطن کرن والو۔

اَلْمُتَوَکِّلِ۔ پرتھ کامہ اندر خدای تعالاس پٹھ بھروسہ کرن والو

اَلزَّاھِدِ۔ پرہیزگار۔ خواہشاتِ دنیاء وِنش پاک۔

اَلْقَائِمِ۔ راتس دوہس عبادتس نہ نیک کامن منز استادہ روزن والو۔

اَلسَّاجِدِ۔ نوافلن اندر زیٹھ سجدہ کرن والو۔

اَلتَّابِع۔ خدای تعالی سندن حکمن ہند مطیع نہ فرمانبردار

وحي شده امورن ۾ متابعت ڪرڻ وارو - قرآن شريف ۾ آهي
جهڙو ارشاد اِتَّبِعْ مَا يُوحَىٰ اِلَيْكَ -

**الشَّهِيْدُ** - انهن اعمالن مٿي نگران - قرآن پاڪ اندر آهي
وَجِئْنَا بِكَ عَلَىٰ هٰٓؤُلَآءِ شَهِيْدًا - "شهيد" گواه
قيامت کي ڏوهه ڪرڻ باقي امتون انڪار پيغمبرن مٿي تبليغ -
حضرت صلي الله عليه وسلم بن انهي بطريق گواه علي ٿيندو
امت ڏيندي گواهي پيغمبرن هنن تبليغ ۾ -

**اَلْوَلِيُّ** - خدا تعالىٰ سنڌو مقرب ۽ دوست - ايمانه
وارن مٿي مددگار ۽ معاون -

**الْحَمِيْدُ** - تعريف ڪرڻ وارو - يا تعريف ڪرڻ آهي -

**الْبُرْهَانُ** - دليل روشن - قرآن شريف منجهه آهي
يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَآءَكُمْ بُرْهَانٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ
اي لوڪو توهان آيو بيشڪ سنين خدا جي طرفان برهان روشن -

**الْحُجَّةُ** ڏنو ورن دليل برهان قاطع

**الْمُطَاعُ** - اطاعت ڪرڻ آهي - خدا تعالىٰ سندن امرن ۽
نهين ۾ - ورنه ڪنهن کي رحم ڪرڻ وارو - يا انسان ۽ جن ۽ ملائڪن مٿي مقتدا

الْمُخْتَارُ - ڈار نہ آمت - اختیار دِنہ آمت - شفاعت
کبریٰ خیطرہ نہ بین اسرار اٰلٰہین ہندہ اظہارہ خیطرہ۔

الْخَاضِعُ - ذِوہ سبینٹ عاجزی کرن والو۔

الْخَاشِعُ - دلہ سبینٹ عاجزی کرن والو آنحضرت صلی اللّٰہ
علیہ وسلم آس دلہ سبینٹ نہ ذِوہ سبینٹ نہ پرت حالس
اندر خدای تعالیٰ اس کُن عاجزی کرن وال۔

الْبَرُّ - نیکو کار - پرہیزگار - شب بیدار۔

الْمُسْتَنْصِرُ - خدای تعالیٰ اس نش فتح و نصرت
ژھانڈن والو - یا کامیاب نہ فتحمند۔

الْحَقُّ - پز - راستگو - قرآن شریفس اندر چھو یٰاَیُّهَا النَّاسُ قَدْ جَاءَكُمُ
الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكُمْ اے لوکو توہِہ نش آو خدای تعالیٰ سندہ طرفہ حق۔

الْمُبِیْنُ - پز اپرنس نش جُدا کرن والو - بیہ ظاہر نہ روشن -

طٰهٰ یٰسٓ - یم چھیہ حروف مقطّعات امیک معانی چھو اللّٰہ
تعالیٰ زانان - بعض علماء چھو لکھمُت طٰه گو طاہر عن
الذنوب گنہو نشہ پاک - یا گو طالبُ الحقّ خُکُ ژھانڈن
والو یٰسٓ چھوک لکھمت گو یا انسان اے انسان کا ملہ نتہ

یا محمّد نته یا سیّد وغیره واللہ اعلم بحقیقة الحال

**اَلْمُزَّمِّلِ الْمُدَّثِّرِ** ۔ یم چهه تن تلک نه تذکرِ اسم فاعل معنی گو کپره ولن والو۔ کمل ولن والو۔ بلهِ حضرتن ٹهه صلی اللہ علیه وسلم گوڈنی وحی نازل ہین سپدُن۔ جبرئیل ابین سپد نمودار۔ یہ کیفیت وچهت سپدُمن خوف و وحشت پیدہ نهارہ بنای۔ آے حضرتِ امّ المومنین خدیجه کبریٰ اس نش من فرماوک زَمِّلُونِیْ زَمِّلُونِیْ جلد ہین وَلِومه کمل پلو تراویم پٹھ۔ خداوند تعالیٰ اس آیہ یہ کیفیت پسند۔ یہ آس نہند درجه بلند سپدنچ کیفیت۔ یہی یاد پاوِ نه خیطرہ نهاو اللہ تعالیٰ اَن من ناو مزمّل۔ مدثر۔ یعنی اے کمل ولن والہِ پیغمبرہ

**سَیِّدِ الْمُرْسَلِیْنَ** تمام پیغمبرن نه مرسلن ہند سردار کبارہ شفاعتچ علم آسه حضور علیہ السلامن ہند س دست مبارکس اندر۔ ساری پیغمبر آسن ہمن پته پته۔

**وَاِمَامِ الْمُتَّقِیْنَ** تمام پرہیزگارن ہند پیشوا نه امام متقی گو سُو یُس ساری مامورات بجا انهِ منہیات ونش پنه آسه ر وزان خَیْرُ الزَّادِ التَّقْوٰی بہترین توشۂ آخرت چهو تقوی۔

متقین اندر جہہ انسان ۔ ملک ۔ جن ۔ ساری شامل ۔ چونکہ تقواءِ چ حقیقت کر حضرت آنحضرتو صلی اللہ علیہ وسلم نمونہ بنت ظاہر ۔ لہذا آو من عطا کرنہ رتبۂ امامت ۔ معراجن اندر آس تمام پیغمبر ۔ منقتی ۔ ملائکہ نمن تابع ۔ نم آس ساری ہندا امام

وَخَاتِمِ النَّبِيِّيْنَ تمام پیغمبرن ختم کرن والو ۔ پیغمبری ہند سلسلہ آو تہندس ذاتِ مبارکس پیٹھ ختم کرنہ ۔

وَحَبِيْبِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ربُّ العالمینہ سُند محبوب (حبیب) گو دوستِ خدا ۔ لفظ حبیبس ربُّ العالمینس کنُ اضافت کرنہ منزہ چھو یہ کتھہ ہند اظہار کہ خدای تعالیٰ چھو تمام عالمکن انواعن پرورش کرن والو ۔ ممنسنزہ پرورشہ ورای ہکِہ نہ کانہہ اکھاہ زندہ روزِتھ ۔ یس یسُ ربُّ العالمینہ سُند دوست آسہ سو چھو ممنسنده تربیتک مظہر اتم آسان (یعنی ظاہر سید پچ جای) ممن تھہ ساری آرزو مہیّا کرنہ یوان ۔

اَلنَّبِيِّ الْمُصْطَفٰى وَالرَّسُوْلِ الْمُجْتَبٰى برگزیدہ نبی ۔ برگزیدہ رسول (نبی) گویُس خدا تعالیٰ سنز خبر دیہ ۔ اِصطفا ۔ تہ اِجتبا گو منتخب کرُن ۔ پسند کرُن ۔ برگزیدہ کرُن ۔ نبیس تہ رسولس

اندر چہ فرق ۔ رسول گو ہمیں کتاب نہ آسہ نہ شریعت نہ آسہ
نبی گو بش بروہمس پیغمبرہ سندس شریعتس نہ واج دیہ با پہ کتابہ والو آسہ ۔

**اَلْحَکَمِ الْعَدْلِ ۔** منصف نہ عادل ۔

«حکم» پہو صیغۂ مبالغہ حاکمک یعنی منصف ہُسند فیصلہ
صدا فنش پٹ مبنی آسہ «عدل» پہو عادلک صیغۂ مبالغہ ۔
عدل کرن پہو تقویٰ اِعْدِلُوْا هُوَ اَقْرَبُ لِلتَّقْوٰی ۔
اِکس زنانہ نسبت دِتو حکم حضرتو صلی اللہ علیہ وسلم اَنْھَ ٹنگ
تمسدہ قبیلک اعیان نہ امیر آئی حضرتن نش شفاعت کرنہ
جنبطرہ ۔ حضرتو فرماو اگہ فاطمہ بنت محمد نہ آسہاس ہمیں پٹھہ تہ
آسو یہوی حُکُم شرعی جاری ۔ سبحان اللہ ۔ یہوی گو عدل ۔

**اَلْحَکِیْمِ الْعَلِیْمِ ۔** «حکیم» گو دانا ۔ راست کار ۔
چیزن ہندہ حقیقتک واقف وَمَنْ یُّؤْتَ الْحِکْمَةَ فَقَدْ
اُوْتِیَ خَیْرًا کَثِیْرًا ہمس حکمت عطا کرنہ آیہ ہمس آد خیر
کثیر عطا کرنہ «علیم» گو اسرار آکہین ہند واقف ۔

**اَلْعَزِیْزِ الْحَلِیْمِ** غالب نہ خدا یہ سُند ٹوٹھ تکلیفن
اندر بردبار نہ تحمل کرن والو ۔

الرَّءُوْفِ الرَّحِيْمِ - مهربان ته بخشش والو -

نُوْرِكَ الْقَدِيْمِ - چانو نور قدیم ایمکو تشریح آوکرنه -

وَصِرَاطِكَ الْمُسْتَقِيْمِ - چانو راه رهنت (سیز وکھف)
لوکن هنده هدایته خیطره بهترین نمونه -

مُحَمَّدٍ عَبْدِكَ حضرت محمد صلی الله علیه وسلم چانو بنده
خاص - خدای تعالیٰ ان چهو فرماؤمت سُبْحٰنَ الَّذِیْٓ اَسْرٰی
بِعَبْدِهٖ - عبد که لفظه سبت چهو خدا به سنه محبت ظاهر سیدان

وَرَسُوْلِكَ چانو فرستادهٔ خاص "رسول" گو قاصد ایلچی -
سوزنه آمُنت - حضور علیه الصَّلٰوةُ والسلام چهه خلقن منده هدایته
خنیطره سوزنه آمت امه خنیطره سپدنم قرآن شریف اندرامه لقبه سبت معروف

وَصَفِيِّكَ چانو برگزیده - صفی گو خالص و وست منیزه
دوستی تهه اعتماد آسه - منیز دوستی همیشه خنیطره قائم روزه -

وَخَلِيْلِكَ چانو دوست صادق -- دوستِ مخلص منیز
دوستی دلس منز چهه تحریک عشق پیده کران -

وَحَبِيْبِكَ چانو محبوب - حبیب چهو صیغهٔ مبالغه یعنی
حضرت صلی الله علیه وسلم چهه محبتکس ته محبوبلنگس اعلیٰ درجن پیهه

فائز تهنجهہ پٹهه کرن نہ کانهنۃ درجہ چهیو۔

وَوَلِیّکَ ۔ چانو قریب دوست ۔حضور علیہ الصّلوۃ والسّلامن مهنٛد قرب چهُو قابَ قوسَینِ اَواَدنیٰ سیٖت ظاہر۔

وَنَبِیّکَ بیہ چانو خبر دِنہ والو نبی، چهُو فعیل بمعنای فاعِل خدا یہ سنٛدن احکامن نہ اسرار غیبن مهنٛد خبر دِنہ والو۔

وَاَمِیْنِکَ ۔ بیہ چانو امانتدار امین گو سپرد شدہ امانتکو راچهہ کرن والو۔ خداوند تعالی اَس یم خاص سِر حضرت آنحضرتن صلی اللہ علیہ وسلم عطا فرماومت چهہ ۔ تم کرنہ نو کانسہ پٹهہ ظاہر۔ انسانس ورای سُنٛد نہ کانهنۃ اکهاہ امہ امانتُک مُتحمِّل تُلن والو، پس حضور علیہ الصّلوۃ والسّلام اشرف مخلوقات سُند حقیقی معنی امانتُک بار بردار تہ تهنٛدنا وسُنٛد امین ۔

وَدَلِیْلِکَ چانو رہبر و رہنما خلقن مُنٛد ۔

وَنَجِیّکَ چانو راز دار ۔ مناجات کرن والو ۔ سِرگوشی کرن والو ۔ حدیث شریفن منز چهُو انا نجی ربّی بہ چهُس پننس خدایس سیٖت گِرکنهہ کرن والو ۔

وَنُخْبَتِکَ ۔ بیہ چانو منتخب کرمُت (نخبہ) گو منتخب نئے

برگزيده تمام پيغمبرو اندره ختم نبوت نه شفاعت كبرى خطره زادنه آمُت

وَذَخِيرَتِكَ ببه چاڻِ احكامن هِند ذخيره - ذخيره
گوسو خيز بسُ ببه واله زمانه خبطره بوجه ضرورت جمع كرنه بيه
الله تعالى ان كر سارى بر ونٹھه نور محمدى پيده نه تهندس
ذات مقدسس اندر آسُن احكامن هُند ذخيره تهومُت بسُ
نمو بينه رسالتكس زمانس اندر لوكن واتناؤ - ياجهو ذخيره
اندره مراد شفاعت كبرىٰ يمكو اِذن آسِه دِنه آمُت
حضور عليه السلامن قيامتكه دُو ٻه -

وَنَجِيبِكَ ببه چاڻو مختارنه برگزيده - بمبين زبر پرتهه نه جرم پرتهه نه

اِمَامِ الْخَيْرِ - تمام نيكين نه ڑڑن كامن هُند پيشوا -

وَقَائِدِ الْخَيْرِ "قائد" گو بر ونٹھه كرُ كهينچن والو - حضور
صلى الله عليه وسلم جهه پيشواى خير لوكن نيكيه كُن كهينچن
والو - يا نيكى لوكن واتناوَن والوُ -

وَرَسُولِ الرَّحْمَةِ رحمتك پيغمبر - قرآن مجيدس
اندرجهو وَمَا أَرْسَلْنَاكَ إِلَّا رَحْمَةً لِّلْعَالَمِينَ -

اَلنَّبِيِّ الْأُمِّيِّ الْعَرَبِيِّ - پيغمبر امّي عربك ورّن والوُ

دامّي، گويش نه لکيمت پرمٽ آسيه ڏعربي، منسوب
عربس کُن. چونکه خداوند تعالیٰ اُس آن حضور عليه الصّلوٰة والسلام مَن
ھُنز عظمت بڑھاوِن. لهذا اسپدنه نهم کانسه انسانه سند شاگرد
خدايه سنده طرفه سبُک پرت جيزک الهام عَلَّمَنِيْ رَبِّيْ فَاَحْسَنَ
تَاْدِيْبِيْ. با آئن يه حکمت که اگر حضرت صلی الله عليه وسلم
کانسِه نش علم حاصل کره ھين نه تهند ھدايت سيده منه يُوت
وسيع. لُک کره ھن خيال که يه جيهو علمکه سببه دعواي رسالت
نه فصاحت وبلاغت قرآن بيه ما حمل کرنه تهندس علمس بهچه
مگر چونکه ساري عرب آس زانان رِنه بيم جيهه ناخوانده. لهذا قرآن
مجيدک آيات بورنت آس معجزه زانان نه ايمان آس انان
وَلَا تَخُطُّهُ بِيَمِيْنِكَ اِذًا لَّارْتَابَ الْمُبْطِلُوْنَ. اگر حضرت
صلی الله عليه وسلم لکهن زانه ھين نه کفارن سيده ما تهندس
نبوتس نسبت شک پيده. النبي الامي جيهو قرآن شريفين
منز تهند لقب. چونکه زِ بين عرب جيهو خداي تعالیٰ سندن انوارن
ھُند جاي نزول. لهذا عربس کن نسبت کرن تنه جهه اک فخر نه عزت.

الْقُرَشِيِّ الْهَاشِمِيِّ الْاَبْطَحِيِّ الْمَكِّيِّ الْمَدَنِيِّ التِّهَامِيِّ

قرشی - ہاشمی - البطحی - مکی - مدنی تہٕ تہامی قریشی منسوب
قبیلہٕ قریشس کُن - قبیلہٕ قریش چھُ عربکو قبیلو منزٕ سٹھاہ
معزّز تہٕ محترم - بالکل بزرگ "الہاشمی" منسوب ہاشم بنِ
عبدِ منافس کُن - ہاشم آسو قریشن ہُند سردار - یہ آسو
نام قریشو منزٕ بالکل بزرگ تہٕ ہندٕ پایک انسان "البطحی"
منسوب بہ البطح - بطحاء چھِ تتھ میدانس وَنان یُس سیکلو
آسہِ بیہ آسن تتھ اندر سنگریزٕ - ییہ آسہِ گذرگاہ سیلابک
یہ چھُ اکھ مشہور وادی - بوجہ شہرت آیہ یمن اتھ کُن نسبت کرنہٕ -
"المکی المدنی" دنیاہک شہر واندرٕ چھُ بہترین شہر مکہ مکرمہ
حضرت صلی اللہ علیہ وسلمن ہُند جای تولد - تریوونزاہ ورین
کرک اتھ شہر شریفس اندر قیام - تِوٕ پتہٕ نیوک تشریف بہجرت
کرتھ مدینہ شریفس کُن بتہٕ تہند خوابگاہ چھُ - امی کِن چھُ
یہند لقب مکی تہٕ مدنی - "التہامی" منسوب بہ تہامہ -
زمینِ عربس چھِ زٕ حصہ - ہُرِم گو کوہستانی حصہ - تتھ چھِ
وَنان نجد - بیم حصہ گو پیٹھ حصہ غیر کوہستانی تتھ چھِ وَنان
تہامہ - تتہٕ کُن لوٚکن چھِ وَنان تہامی - مکہ شریف چھُ

انھِ غیر کو ہتانی حِصّس منز واقع ۔ امہ سبہٕ آ حضور علیہِ الصّلوٰۃ والسّلام تہامی وننہ ۔

اَلشّاھِدِ ۔ گواہ ۔ حاضر ۔ قرآن شریفس منز چھ آمُت اِنّا اَرسَلنٰکَ شاھِدًا ۔ حضرت صلی اللہ علیہ وسلم آسن قیامتکہ دوہہ پننِس امتس پٹھ گواہ ۔ یا دربارِ ایزدیس منز آسن حاضر

اَلمشہُوُدِ ۔ گواہی دِنہ آمِت ۔ یہندِس رسالتس پٹھ چھِ تمام انسانو ۔ جنوّ تہٕ ملائکو شہادت دژمٕژ ۔

اَلوَلیِّ ۔ دوستِ خدا ۔ مقرّب ۔ متولّی ۔ امیچن کامن منٛد ۔ بعضی چھِ ونان کہ ولایت چھ اکہ وجہہ نبوتہٕ کھوتہٕ بہتر ۔ کیازِ ولایتس اندر چھ مخلوق ترا وتھ خالقِ اکبرس کُن رجوع آسان ۔ نبوّتس اندر چھ بغرض تبلیغ احکام مخلوقن سیتن تعلق آسان ۔

اَلمُقرّبِ ۔ قریب سپدن والو ۔ یا قریب کرنہٕ آمُت خدای تعالیٰ سنزِ بارگاہِ منز ۔

اَلعَبدِ المسعُودِ ۔ نیکبخت بندہ ۔ سعادتمند ۔ ازلی تہٕ ابدی سعادتن ہنٛد جامع ۔ ولایت و نبوّت کُن

اوصاف وبرکاتن ھند مجموعہ۔

اَلْحَبِیْبُ۔ دوست۔ محب نتہ محبوب نہ۔

اَلشَّفِیْعُ۔ امتکن گنھگارن ھند شفاعت کرن والو۔

اَلْحَسِیْبُ۔ پننیو ذاتی کمالاتو سببٹ معزّز نہ گرامی۔ اتھہ مقابلہ گوداالنسیب، یعنی آبائی کمالاتو سببٹ معزّز۔ حضور اقدس صلی اللہ علیہ وسلم آس دوشوی کمالاتن ھند جامع۔

اَلرَّفِیْعُ۔ بلند قدر۔ بلند نسب۔ یا الرفیع باعتبار ورفعنالک ذکرک ییٚس حضور علیہ الصّلوٰۃ والسّلام چھہ عالی حسب نہ والانسب نہ۔

اَلْمَلِیْحُ اَلْبَدِیْعُ۔ ملاحت گیہ مکیٚنی۔ یکو رنگ گندم گون آسہ۔ زیادہ سفید آسہ نہ تمس چھہ ونان ملیح۔ حضور علیہ السّلام و فرماو انا املح واخی یوسف اصبح یوٚ چھوس ستھاہ ملیح۔ یعنی گندم گون۔ میانو برادر حضرت یوسف علیہ السلام چھہ صبیح۔ چٹہ سفید۔ البدیع، یا چھو یہ ملیحک صفت یعنی خوشنما ملیح۔ یا چھو البدیع علیحدہ صفت حضرتن ھند یعنی نوپیدہ بیحد منت۔ پیدہ کرن والو

خوشنما۔ باعتبار اخلاق حسنہ و رسالت و نبوت و سیادت۔

اَلْوَاعِظِ الْبَشِیْرِ (وعظ) گیہ نصیحت کرن (بشارت) گیہ خوشخبری دِن۔ حضرت صلی اللہ علیہ وسلم چھِہ ناصح تہٕ واعظ نہ۔ بیہ مغفرت و رحمتک خوشخبری دنہ وال۔

اَلنَّذِیْرِ۔ ہیم کرن والو دوزخکہ بارہ نش۔ عذابہ نش کفرہ تہٕ گمراہی نش۔

اَلْعَطُوْفِ۔ سٹھاہ مہربان۔ بشیر و نذیر د وشوی نا و چھِہ قرآن شریفس منز آمت۔ اِنَّا اَرْسَلْنٰكَ شَاهِدًا وَّ مُبَشِّرًا وَّ نَذِيْرًا وَّ دَاعِيًا اِلَى اللّٰهِ بِاِذْنِهٖ وَسِرَاجًا مُّنِيْرًا۔ عطف گو مائل کرُن۔ مائل آسُن۔ توجُّہ کرُن۔ مہربان آسُن۔ چونکہ کانسہ کُن توجّہ کرُن چھِہو نشانِ لطف۔ لہٰذا چھِہو عطوفک معنی مہربان۔ شفیق۔ کرم گستر۔

اَلْحَلِیْمِ الْجَوَادِ الْکَرِیْمِ۔ بردبار۔ نہایت سخی۔ نہایت شریف۔ (حلیم) گو تکلیفاتن اندر زِیٹھ کرن والو۔ (الجواد) نہایت سخی۔ فقیرن مسکینن سٹھاہ خیرات دِنہ والو۔ یا اللہ تعالیٰ سنزہ نعمژ مہنس پیٹھ خرچ کرن والو۔

بخاریِ شریف اندر چہو حضور علیہ الصلوٰۃ والسلام آس نبوت
نی درپے سخاوت کران بنہ پاٹھ تیز ہوا چلان چہو «الکریم»
سخی۔ شریف۔ چونکہ حضرت صلی اللہ علیہ وسلم آس سخی نہ
جباون لبّا آس شریف۔ لہذا چہو لفظ کریمہ منزہ دو شونِ
معنین ہند استفادہ سیدان۔

---

الطَّیِّبِ الْمُبَارَکِ الْمَکِیْنِ۔ خوشبودار۔ بابرکت۔ ذی عزّت
«طیّب» گو معطّر۔ بسندہ وجودہ سبیت خوشبوئی بوان آسہ
آنحضرتؐ ہندہ جسم مبارکہ نہ نہندہ عرقہ نش آس خوشبوئی
بوان۔ یم نن سبیت آس آسان نم آس معطّر سیدان «المبارک»
سٹھاہ برکتہ والو۔ تمام آسمان وزمینہ کِن برکتن ہند جاہی
ظہور «المکین» عزتہ والو شرافتہ والو۔ صاحب مقام محمود۔
بامقام اوادنی۔

---

الصَّادِقِ الْمَصْدُوْقِ الْاَمِیْنِ۔ پرز یُور مسلّم
الصداقت۔ امانت دار۔

«صدق» گیہ۔ راستی سچائی۔ «صادق» گو پُرز ون والو۔
حضرت صلی اللہ علیہ وسلم آس ساری عربس اندر راستگوئی

نہ صداقتکہ وجہہ مشہور - صداقت چھو صفت آہی - قرآن
شریف منز چھو وَمَنْ اَصْدَقُ مِنَ اللّٰہِ قِیْلًا - (مصدوق
یمنز صداقت مسلّم آسہ - حضرتنٛ ہندس صداقتس پٹھ چھو
قرآن شاہد - یا جن وانسان و ملائکو چھو حضرتنٛ ہندس
صداقتس پیٹھ ایمان انُن - امہ سببہ آو یمن لقب دنہ مصدوق
کہ تمام دُنیاہن کر یہندِ رسالتک تصدیق (امین) امانتکو
نگہبان - قرآن کریم چھو امانت آہی تہ حضرت صلی اللہ علیہ وسلم چھیہ
تمک نگہبان - یہ آسن تمہ عربس اندر مشہور امانتدار - لوک
آسن یہندس خدمتس اندر تھوان، یہ ییمن نہ مونل حبز امانت تھوان
نہ کانہہ چیز ہ آسو نہ ضائع سپدان - یہ وقتہ امانتہ وول
تھاوان آسو فوراً آسس دوان -

---

اَلدَّاعِیْ اِلَیْکَ بِاِذْنِكَ - ناد دنہ والوزہ کُن جایہ اذنہ -
(دعوت) گو نادِ دُن داذن، گو اجازت - حضرت صلی اللہ
علیہ وسلم آسن لوکن خدای تعالی اس کُن منزہ اذنہ سبت بلاوان
نہ نادِ دوان - قرآنِ مجیدس منز چھو وارہہین جاین امہ مضمونک
تشریح کہ لوکن واتناو وَ تہ تو پیغام یمن دیو ناد خدایہ سنزہ

وَ نہ ڪنُ - پاڻ نه آسنه ڪا نهئته فعل يا قول بلا اذن خدا فرماوان وما
ينطق عن الهوىٰ ان هو الا وحيٌ يوحيٰ - يه جهو
الداعي اليك الخ نهايت دلڪش فقرات منزجيه واريا نڪات
ڏئي ڪن آسُ ٻلاوان - چاني اجازت نه آسُ ٻلاوان - تهند قول و
فعل آسو بر رضامندي خدا وابنته -

السِّراجِ المُنيرِ الَّذِي أَدْرَكَ الحَقَائِقَ بِجُمَّتِهَا -

سو پرزله ون ڏانگو بيُ ساڻي حقيقتن هُند واقف جهو ڪمالاتن نه
فضيلتن هند جامع جهو (سراج المنير) کو پرزله ون ڏانگو -
(ادراك) کو بُن (حقائق) جهو حقيقتڪ جمع حقيقت کو
اصل پرته کونه چيزڪ (جُمّه) کو تمام - کُل - ڪثير - ويان جهه
محاورس اندر فلان صاحبُ الفضائلِ الجُمّة فلاني شخص جهو
ساڻي ڪمالاتن نه فضيلتن هند جامع - حضرتن هند نام مبارک
جهو قرآن مجيدس منز آمت سراجًا منيرًا يعني چراغِ هدايت
يمه سيت گڦرح نه گمراهيه منز تاريڪي دور سيز - حقائقه اندره جهه
مراد اسرار الٰهي - خداي تعاليٰ اَن ڪر تمن حبيب ساروي سر رو
رنشه آگاه - تمن نشه ڪانه حقيقتاه پوشيده جهنه - لهذا

چھہ نم پرنھ حقیقتنک جامع نہ مُدرِک ۔ باچھو مراد حقائقہ اندرہ

موجودات ۔ نہند واقعات ۔ اللہ تعالیٰ ان کہ حضور علیہ السلام

غیبس ہٹھہ مطلع ۔ قرآن شریفہ سینت چھو ثابت کہ کس پیغمبرس

اللہ تعالیٰ ایزھہ بس چھو کران غیبس ہٹ خبردار ۔ بس خدای تعالیٰ

سند علم چھو قدیم نہ ذاتی ۔ حضرتن ع منہند علم چھو حادث نہ اکتسابی ۔

وَفَازَ الْخَلَائِقُ بِمِنَّتِهَا بیہ سپد تمام مخلوقاتن ہٹھہ کامیاب

دفون گو کامیاب سپدُن ۔ کُو نہ منزلس تان واتُن خلائق

چھو جمع خلیقہ یعنی خلق ۔ مخلوق ۔ عادت دِ مِنّہ، چھو

بمثلِ جُمّہ یعنی تمام ۔ گُل ۔ حضرت صلی اللہ علیہ وسلم چھہ تمام

مخلوقاتن ہٹ بوجہ نبوّت نہ بوجہ شفاعت فائز نہ کامیاب

کیازہ کالسِنہ اکِس سُپد نہ عطا ختمِ نبوتُک نہ شفاعتِ کبریٰ اکُ

مرتبہ منُن وِرای نہ فِطرتا چھو پرنھ چیزہ نہندہ نبوتُک

تصدیق کران لَوْلَاكَ لَمَا خَلَقْتُ الْأَفْلَاكَ بلیہ سارُوی

حضرتن ہندہ خاطرہ صلی اللہ علیہ وسلم پیدہ سُپد نہ بیٹیک سپدِ تم

غالب ۔ یہی گیہ فوزُ المرامی نہ کامیابی ۔

وَجَعَلْنَهُ حَبِيبًا وَنَاجَيْنَهُ قَرِيبًا بیہ کرنھ سو

پنُن حبیب تہٕ ہمراز - یعنی یا اللّٰہ ژٕ کرُتھ حضرتن صلی اللّٰہ علیہ وسلم حبیب آسُنک رُتبہ عطا - پننہ درگاہہ اندر نادِ وتھ کرُتھ تمس سیت گفتگو - ییٚتھہ پاٹھہ حضور علیہ السلام ین معراجک شرف تہٕ عزت بخشنہ آو - کانٛسہ پیغمبرس آو نہ بخشنہ - پیش حضرتن ہندس مُدرکِ حقایٔق تہٕ فایٔز الخلایٔق آسنس منز رُود نہ کانٛہہ ژھنک شُبہہ - تمِ چھہ ساری پیغمبرن ہندِن فضیلتن ہند مجموعہ -

آنچہ خوبان ہمہ دارند تو تنہا داری

وَاَدْنَیْتَہٗ رَقِیْبًا - تہٕ کوٚرُتھ اَنُس ژٕ سو واقفِ اسرار تہٕ نزدیکہ ووتھ - (اِدناء) گو نکھہ انُن (رقیب) نگہبان - واقفِ اسرار ییٚتھہ اندر پھہواشارہ چھ آیہٕ فکان قاب قوسین او ادنیٰ - آنحضرتن صلی اللّٰہ علیہ وسلم سپُد درِ شبِ معراج یہ قرب حاصل -

وَخَتَمْتَ بِہِ الرِّسَالَۃَ وَالدَّلَالَۃَ وَالْبِشَارَۃَ وَالنِّذَارَۃَ وَالنُّبُوَّۃَ - بیہ کرُتھ ژٕ ختم تمسی سیت رسالتس - رہنمائیہ - خوشخبریہ - بیم کرنس - نبوتس - (ختم) گو انجام - کارِ مہنداند (رسالۃ) پیغمبری (دلالۃ) وتھہ ہاوُن - ارشاد - ہدایت (بشارۃ) خوشخبری دِن -

دنٕ ازٕ، بیم کرُن۔ ڈرٕ راوُن دنبوة، احکام آلٰہین ہُند اطلاع دِنٕ
یو نکہ حضرتن ننہ صلی اللہ علیہ وسلم کانہہ پیغمبر ییہ نہ۔ لہٰذا رسالتُک
فرائض ادا کرِن۔ مسلمانن جنتچ خوشخبری دِن۔ کفارن
جہنمُک بیم کرُن۔ احکام آلٰہین ہُند تبلیغ کرُن۔ یہ ساروی آو
ذاتِ مقدسس پٹھ ختم کرنہ۔ وَن چھ معجزاتن منز ذکر:-

وَ نُصِرْتُہٗ بِالرُّعْبِ مُدٕ ذکر چھُ تہٕ مشن دکافرن منز رعب
تراوہ نہ سپنہٕ۔ یعنی با اللہ تہٕ دِژِنہ حضرتن صلی اللہ علیہ وسلم
اکِ عظیم الشان فتح کہ دشمن آسن نہندہ رعبہ سلبنہٕ اکہ رتچہ وتہٕ
تانِ ڈران۔ قرآن شریفس اندر چھُ سَنُلْقِیْ فِیْ قُلُوْبِ الَّذِیْنَ
کَفَرُوا الرُّعْبَ اسِ تراوو کافرن ہندن دلن اندر جانہ
خسمنک نہ شوکتک تہ صداقتُک خوف۔ حدیث شریفس منز
چھُ حضورن فرماو صلی اللہ علیہ وسلم مہ آی ترٕ[3] چیز خاص طور عطا
کرنہ اول اینکہ اکہ رتچہ وتہٕ تان آو چہار طرف دشمن پیٹھ
میانو رعب نہ خوف تراونہ۔ دوم آو ساروی روی زمین
میانِہ خیطرٕ مسجد بناونہ۔ سوم آو مالِ غنیمت میانِہ خیطرٕ حلال کرنہ
با چھُ رعبہ اندرٕ سو خوف مراد ییُس جنگ اُحدس اندر

دشمنن ہیٹ ظاری سُید۔

وَظَلَّلْنَا بِالسُّحُبِ سایہ کرُتھ ژہ تمن ہیٹ ابرُک۔ دتظلیل ،گوسایہ کرُن دظل ،گوسایہ دسحب ،چھِو سحابُک جمع یعنی ابر۔ حضرتن ہُند صلی اللہ علیہ وسلم چھِو یہ معجزہ ثابت کہ ییُن تم تشریف ینوان آسن۔ تہندِس سرِ مبارکس پیٹھہ آسو ابر سایہ کرِتھ آسان گویا کہ خدای تعالیٰ سندہ رحمتچ چھتر آسہ آسان ہروقت تہندِس سرِ مبارکس ہیٹ۔ یمہ سببہ چھہ حضرتن ہنز عظمت ظاہر سپدان۔ ییتھہ پاٹھہ پادشاہس پیٹھہ چتر شاہی چھِو آسان تیتھے پاٹھہ آسن خاتم النبیینس ہیٹ صلی اللہ علیہ علیہ وسلم خدایہ سندہ رحمتچ چھتر سایہ کرتھ آسان ییُھنہ حضور علیہ السلام من ہندس جسمِ مبارکس ہیٹ گرمی ملُہنداثر وانہِ۔

وَرَدَدْتَ لَهُ الشَّمْسَ بیہ کھارُن ژہ واپس تہندہ خبطرہ آفتاب لوسنہ پتہ۔

جنگِ خندقس منز آسِ بوجہِ مصروفیت دگر نماز قضا سپزمژ۔ انہ پیٹھہ کرِ حضرتو نہایت تاسُّف۔ آفتاب کھور خدای تعالیٰ اَکن واپس تہ نماز دگر کروکھ ادا۔ اڈن روایتن اندر چھو حضرت

شاہِ ولایت کرم اللہ وجہہ آس حضرتن ہنزہ کامہِ اندر مشغول
نماز دگرِ سپُدُک فوت۔ نہایت مغموم و پریشان سپد۔ حضورِ
علیہِ السلاموٗ کرِ دُعا آفتاب کھُتْ والپس۔ نماز عصر کرُ ادا
شاہِ ولایتن تہ اَدَہ سُپد غروب۔

وَانْشَقَّ لَهُ الْقَمَرُ۔ زَہ اڈُ کرِتھ زٕہ تہندہ خبطرہ
زونہِ۔ (شق) گو پھاٹہ وُن ٹُکرہ کرِن (ھتر)
گیبہِ زون۔ مکہ کیوٗ لوکو کرِ مُطالبہ کہ بتوٗ تام نہ لوٗہِ زُونہ زہ
اڈُ کرِ واِس اوٗنہ تنوٗ تام ایمان۔ حضرتو صلی اللہ علیہ وسلم
کرُ زونہِ کُن اشارہ تھتھ گے زہِ اڈُ۔ اکھ ٹُکرہ پیوٗ کوہِ ابوقُبیس
پیٹھ۔ بیاکھ ٹُکرہ پیوٗ کوہس ہِپٹ کُن۔ دور و دراز ملکن اندر
سُپد تمہِ کو مشاہدہ یتھ پیٹھ تمہِ وقتک تاریخ گواہ چھِ۔
قرآن شریفس اندر چھوٗ اقتربت الساعۃ وانشق القمر
قیامت سپز نزدیک زونہ گے زہ اڈُ۔

وَانْطَقَتْ لَهُ الضَّبَّ وَالظَّبْيَ وَالذِّئْبَ وَ
الْجِذْعَ وَالذِّرَاعَ وَالْجَمَلَ وَالْجَبَلَ وَالْمَدَرَ
وَالشَّجَرَ۔ بیہ کرہ ناوتھ زٕہ کتھ حضور علیہ السلام سندہ خاطرہ

کبنکہ لٹِ - روسِ کئٹ - رامہ ہون - خضرکولکُ لنگ
کنہ ڈسند بازُو - اونٹ - پہاڑ - مزِہ ڈجُ - ببہ گلُ -
دنطق، گبہ گنہہ کرَنہ - کلبانن نہ جزئیاتن تہندا دراک -
دانطاف، فونِ گوبائی دِنُ دضب، کبنکہ لٹ دظبی،
روس کنٹ دذئب، رامہ ہون دجلغ، خضرلنڈ دذراع،
کنہ ڈسند بازو دجمل، اونٹ دجبل، پہاڑ دمدر،
مزہ ڈجُ یاکنِ دشجر، کلُ - ہم تمام چھہ تنہہ حیثیت من نہ عادۃ
انسانہ سند باڈہ گویائی جھہ آسان - باوجود آن گرہو حیرو
حضرتن مہندس خدمتش اندر تنہہ باڈہ اظہار حال - تنہہ باڈہ
انسان کران چھو -

اکَ اعرابین اَنِ اکھ کبنکہ لٹ گنڈِت نہ نزاون حضرتن بر وٹھہ
کنِہ دِپُن تِلِ انہ بوایمان بلہ یہ کبنکہ لٹ تہندس رسالتس شہ کرہ
یہ بوزِن تُیر کبنکہ لجیہ مجمع عامس اندر اَشْهَدُ اَنْ لَا اِلٰهَ
اِلَّا اللّٰهُ وَاَشْهَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا عَبْدُهٗ وَرَسُوْلُهٗ - اعرابین اُن ایمان
اک شکاران اکہ دوہہ اک روس کنٹ زندے شکار کرتھ
آو حضورن ہندہ دربارہ کن - روس گنجہ کرہ کنہہ عرض کرن

حضرتن ہندس خدمتس اندر۔ ہم شکار حض اکس لو ڑٹ مہ
حض چھِہ زہ بچہ جنگلس اندر فانی۔ اگر حض یہ شکار مِہ
رژھہ کھنجہ نراوہ ہا بو بیمہ ہا بچن دوو دِنہ بیہ واپس۔
حضرتن ہندہ فرماونہ موجب نراو شکارسہ رِوس کٹ۔ بچن
دُود دنہ آیہ سہ بیہ واپس شکاران ایمان۔ یِوس کیٹ کرن آزاد
اکھ رامہ ہُون دورِ یو اکس ہریس پتہ۔ ہرنہ وانو ژلان
ژلان حرم مکس اندر۔ رامہ ہُون رُود حرمہ نیبرکن استادہ
اندر ژاونہ کیا زہ حرمس اندر چھو شکار کرُن منع۔ لوکو گُر یہ وچھِتھ
تعجّب کہ حرمک احترام چھو جانورن نہ۔ ہم نہ چھِہ زانان حرمس
اندر شکار کرُن ناجائز۔ رامہ ہُون گُر کلام۔ دپنک توہ کیازہ
چھوہ تعجّب کران۔ بمِہ خو نہ تعجّب خیز معاملہ چھو کہ قریشو
اندرہ اکھ نوجوان محمّدِ عربی صلی اللہ علیہ وسلم چھو بنوّتُک
دعوی کران۔ توہِ چھُوہ خدا یہ سندن حکمن نہ فیا منتہ کُن
حالاتن ہنز خبر دوان۔ سو چھو بڑ زلور۔ اگر توہِ لوکو یا یو
معاملہ پینیوا چھو وُچھوہ تہ یقین کروہ کہ حرم کعبچ عظمت
چھِہ جیوانن نہ مسلّم۔ توہ کیازہ چھِو نہ محمد رسول اللہ

صلی اللہ علیہ وسلمس ایمان انان۔

ابتدائے اسلامس اندر آسو حضرت کو لیک اکھ تھم اکھ
مسجدِ نبویس اندر۔ تتھِ ہیُٹھ ٹیکیہ کرتھ آسن حضرت صلی اللہ علیہ
وسلم روز جمعہ خطبہ فرماوان۔ ادہ بلہ منبر بنا ونہ آو حضرتو
ہیتو نتھ بیٹھ ادہ خطبہ تہ وعظ فرماوُن۔ نہ تم ستونن ہیتو
بڑہ بڑہ ودُن کہ حضرتن ہندہ پشتِ مبارکچہ نعمتہ نش سپُد
محروم۔ حضرتو صلی اللہ علیہ وسلم رٹو سو نالہ منہ تھو بہ
کرہ ناوُک۔ تسلی و دلاسہ کرتھ فرمووُس کہ تھو بہ کرتھ آسک
جنّتُ الماویٰ اس اندر اکھ بڈ میوہ دار درخت بندگانِ
خاص خدا نہ ولیٔ اللہ آسن چانو میوہ کھوان۔ امس ستونس
تھوک ناو حنّانہ۔ کیا خوب چھو شاعرن ونمُت ؎

حنّانہ آمد در حنین از فرقت آن نازنین
وقتیکہ شد منبر گزین بر سامعین گوہر فشان

اکھ یہودی زنانہِ مارُ کھاہ تہ مازانُ بُزتھ زہر آلود کرتھ
حضرتن ہندس خدمتس اندر۔ گنگو آسو ہمن سٹھاہ ٹوٹھ۔
دستِ مبارکس اندر ملک تنا وُل کرنہ جنبطرہ تہ سن فل دِنہ

آواز کہ مہ حض کہیو منہ بوء آس تہندہ خطرہ زہر آلود کرنہ۔ تھوک پتھر
اک اونٹ نرا وسر سجدہ حضرتن ہندن پای مبارکن تی
فریاد کرن مالک حض چہوم زیادہ کام ہوان طاقتہ کھو نہ زیادہ بور
تلہ ناوان۔ بیہ نہ حض چہومنہ کھن پورہ دوان فاقے حض چہوم
تھوان۔ حضرتو صلی اللہ علیہ وسلم انہ ناونمنند مالک بلاوف
ہمنس کرک فہمائش فرماوہس یاکن یہ اونٹ نتہ دس ٹیڈ برتھہ
کھن۔ کوم ہس مناسب۔
پہاڑو۔ کینو۔ کلو کر حضور علیہ السلام من سلام نہ کلام۔
تہندہ نبوت عطا سپد نکہ وفتہ تجک کرتھہ باواز بلند یرک
اَشْهَدُ اَنْ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَاَشْهَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا عَبْدُهٗ وَ
رَسُوْلُهٗ۔ یمہ اندرہ سپد معلوم کہ پرتھ جاندار نہ غیر جاندار
چھہ کلام کران نہ ذی شعور۔ بیہ چھو قرآن شریف فرمو وَاِنْ
مِّنْ شَیْءٍ اِلَّا یُسَبِّحُ بِحَمْدِهٖ وَلٰکِنْ لَّا تَفْقَهُوْنَ
تَسْبِیْحَهُمْ۔ یعنی ساری چیز جمادات۔ نباتات۔ حیوانات۔
تم چھہ حمد خدا تسبیح کس صورتس اندر کران۔ مگر لوک چھنہ ہکان
نہ سمجھتھ ؎ ہر گیاہے کہ از زمین روید + وحدہ لا شریک لہ گوید

وَانبعث من اَصَابعهِ الماءُ الزُّلالُ جاری

کرِ ھُئِہ تہند وانکشان مبارکو منزہ آب زُلال۔ شفّاف
(انبداع) ، گو ناگک پاڑھ آب وزن۔ (اصابع) گیہ انگجہ۔
جمع اصبع (ماءُ الزلال) صاف نہ شیرین آب۔

مدینۂ شریفس منز آس اکہ دوہہ وضوکران لوک آی ہجوم کرِت
عرض کرُک کہ زیشہ دادہ حض چھہ مران۔ طہارنہ خبطرہ حض
جھو نہ آب۔ حضور علیہ السلام سید طہارنہ بش فارغ انگشان
مبارک تھوک کورِنس اندر۔ آبن دژ گرکھ ناگک پاڑھ۔ صاف
شیرین آب سپُد جاری۔ پندہ شت لوکہ سپد سیر۔ راوی
چھو فرماوان اگر لچھ لوکہ نہ آسہو اُس سو آب آسو کافی۔

وَاَنزَلتَ مِنَ المُزنِ بِدَعوَتِہِ فی عَامِ المحلِ وَ
الجدبِ وَابلَ الغیثِ وَالمطرِ فاعشَوشبَ
مِنہُ القفرُ وَالصّخرُ وَالوعرُ وَالسّھلُ وَ
الرّملُ وَالحجرُ۔ ہیہ نراوُت ژہ سفید ابرہ منزہ
نہندہ منگنہ سبب دراگہ فرسہ ۔ نہ قحطس اندر موسلا دھار
بارش یمہ سببہ تمام تا وہہن زمین۔ کنہ گاگر۔ تر گرُ زمین۔

نرم زمين ـ ٻڪه ميدان ـ سنگلاخ ـ سرسبز نه شاداب سين ـ
"انزال، والن ـ رُود نزاوُن ـ "مزن" گوسفيد ابر ـ
"دعوت"، دعا ڪرُن "عام المحل" خشڪ سال جدب،
دراگه وَرِه "وابل الغيث والمطر" راڻه دار رُود ـ
وُڻه وِڻُه رود ـ لفظ وابلچ اضافت غيثس نه مطرس ڪُن
پهه اضافت بياني ـ يعني سه بارش يمه سبب زمين سُبد سرسبز نه
مخظ گو دور "اعشوشب" عشب گوسرسبز گهاسه اعشيشاب
گوه گهاسه گهسُن ـ بيت ڇهو مراد سرسبز سُبدُن ـ عربي محاورس
اندر ڇهو ونه بوان "اعشوشب الارض"، يعني زمين سُبد
سرسبز نه گهاسه دار "قفر"، گو نا وه لد زمين بنجه نه آب آسه
نه نه گهاسه "الصخر"، جمع صخره پله زمين "وعر"، نزگر زمين
"السهل"، نرم زمين "الرمل"، ريگستان "سِكل زمين"،
"المجر"، سنگلاخ "ڪنه زمين" ـ

وارهين روايتن اندر ڇهو آمُت ڪه بله حضرت صلي الله عليه
وسلم بارشه منده خبطره دعا منگان آسن ـ يني وقته آسن
بارش سپدان ـ گره واتن نه اوس آسان اده مشڪل ـ

وار بیہہ لِٹہ پُرک نمازِ استسقا نہ پرانِ پرانی یا دورانِ خطبس اندر اَنِن یِژھ بارِش کہ لوک وات مشکلی گرَن۔

اکہ لٹہ آو اکھ اعرابیہ اکھ عرض کرن حضورن ہندس خدمتس اندر کہ هَلَكَ الْمَالُ وَضَاعَ الْعِيَالُ فَادْعُ لَنَا۔ مال نِہ حضِ گو برباد۔ بال بچہ حضِ سپد ضائع رُود نہ ہینہ موکھہ۔ سانہ خیطرہ فرماِو حضِ دُعا۔ حضور علیہ السلام کر دُعا۔ بارشہ ہند سلسلہ رُود اکہ جمعہ پیٹھہ بیس جمعس تان جاری۔ بیہ آو سوی اعرابی عرض کرُن هُدِمَ الْبِنَاءُ وَهَلَكَتِ الْأَمْوَالُ وَانْقَطَعَتِ السَّبِيلُ مکان نہ حضِ پیے وسِتھ کثرتِ بارانہ سبب۔ موسیشی نہ عیال حضِ سپد تباہ و برباد۔ وَنہ حضِ ژھنہ۔ حضرتو صلی اللہ علیہ وسلم کر بیہ دُعا حوالینا ولا علینا یا اللہ بارش بین اسہِ اندانِد۔ پہاڑن پیٹھ۔ دریاون منز میدانن اندر۔ اسہ پیٹھ مہ پیِن۔ بارش سپز بند۔ یہ آس تھزبرکتن نہ قبولیت دُعا۔

وَاَسۡرٰی بِہٖ لَیۡلًا مِّنَ الۡمَسۡجِدِ الۡحَرَامِ اِلَی الۡمَسۡجِدِ الۡاَقۡصٰی اِلَی السَّمٰوٰتِ الۡعُلٰی اِلٰی سِدۡرَۃِ

المنتھیٰ الیٰ قاب قوسین او ادنیٰ - یہ
کرہ ناوتھن زہ ییر حضور علیہ السلام بتانہ خانۂ کعبہ پیٹھہ بیت
المقدسس تان - تتہ پیٹھہ ستن آسمانن تان - تتہِ پیٹھہ سدرۃ
المنتہیٰ اس تان - تتہ پیٹھہ قاب قوسینہ کس منزلس ڈلنہ مقام
اوادنی اس تان -

«اسراء» گو رات کنیو ییر کرہ ناوُن «مسجد الحرام» خانۂ کعبہ
چونکہ یہ چھہ احترامہ واجن نہ عزتہ واجن جای - اتھ اندر شکار
کرُن چھو منع - اتھ چھو طواف یوان کرنہ - امہ کِن چھہ اتھ مسجد
الحرام ونان «المسجد الاقصیٰ» بیت المقدس ییس شہر
شامس اندر چھو اقصےٰ گو اَبعد ستھاہ دور - چونکہ یہ مسجد چھہ
ژنجہ منزل دور مکہ شریفہ پیٹھہ - لہذا چھہ اتھ ونان مسجد اقصیٰ
بیعمبرن ہنز مسجد چھہ یہی «السمٰوات العلیٰ» ثہد آسمان
سماء کی جمع «سدرۃ المنتہیٰ» اکھ کُل اکھ عرشِ مجیدس
تلہ کنہ ستمس آسمانس پیٹھ - حدیثن اندر چھو آمُت کہ احکام و
ارزاق یہ از بالا وسان چھہ نہ چھو گوڈہ اتھ واتان اتہِ پیٹھہ
چھہ ادہ ملائک زمینس پیٹھ انان - تیلے یاتھ یہ پورہ نقصان

ڇهو اعمال وغيره تنه ڇهو الوني وانان انه پٺهه ڇهو هيو ڪهسان
ملائڪن مهند ڪهسن ته وُسن ڇهو امي ڪِله پٺهه ۔ علم اولينڪ ته
آخرينڪ نهايت ڇهو انتوي نام ۔ امي آوانهه نا وتهونه سدرة
المنتهيٰ ۔ (آنهڪ بريه ڪُل) (قاب) مقدار (قوسين)
دون ڪمانن مهند مقدار (او) تنه (ادنيٰ) تمه خوته بالڪل
نڪهه چنانچه يمه زنه ڪمانه ڇهه بالڪل اکهه اکس

| قوس قديم |
| --- |
| قوس حادث |

سبت ۔ درميان ڇهو نهايت اکه باريڪ خط ڊڪير
يمن دون جدا ڪران ۔ امه خوته زياده ڪيا قرب هکه سيدت
اوادنيٰ اندره ڇهه امه خوته ته نزديڪي مراد ته هکه نه سانه عقله اندرنيت

وَأَرَيْنٰهُ الْآيَةَ الْكُبْرٰى ۔ بيه هاون زنه يا الله حضور
عليه السلام من بجه بجه نشانيه ۔

(آية) نشانيه (الكبرىٰ) نهايت بجه ۔ قرآن شريف لاندر
ڇهو سُبْحٰنَ الَّذِىْٓ اَسْرٰى بِعَبْدِهٖ لَيْلًا مِّنَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ
اِلَى الْمَسْجِدِ الْاَقْصَا الَّذِىْ بٰرَكْنَا حَوْلَهٗ لِنُرِيَهٗ مِنْ اٰيٰتِنَا
يعني سو ذات پاڪ يم سير ڪره نا وُنين بنده خاص رات ڪمنو خانه
ڪعبه پٺهه مسجد اقصاءس تان يهه انداند سٺهاه برڪته وال جير

جهه کیاره ڏٺو ها ۽ اِن مان پنهنجه نشانیه - ڏسڻ جایه
جهو لَقَدْ رَاٰی مِنْ اٰیٰتِ رَبِّهِ الْکُبْرٰی - حضور علیه السلام جو
وجهه معراج کی شب اندر پنهنجي پروردگاره سنره نجه نشانیه
مقاماتِ مقدسه - مسجد اقصیٰ - سمواتِ علیٰ - سدرة المنتهیٰ
عرش مجید - ارواح و ملائکه وغیره -

وَاَنَّهُ الْغَایَةُ الْقُصْوٰی بیه وانا وهن ڙه حضور
علیه السلام انتهاء مرتبس تان -
ونيل ، گو وانن ‘‘انا له’’ گو وانا ون ‘‘غاية’’ گو نهايت
‘‘القصوی’’ جهو مؤنث اقصیٰ یعنی سو نهایت نجبنه کانه خدی
جهو - پس انسانه سنده فهم نه ادراکه نس نرجهه سو گو دیدار الهی -
اسرار ازلی نه ابدی یم من امانت آئي نهونه -

وَاَکْرَمَنَهٗ بِالْمُخَاطَبَةِ وَالْمُرَافَقَةِ وَالْمُشَافَهَةِ
وَالْمُشَاهَدَةِ وَالْمُعَایَنَةِ بِالْبَصَرِ - بیه کرمفرزه
من اکرام همکلامیه سبنت - پاسن گن دل متوجه کرنه سبنت
روبرو سپدنه سبنت - روبرو وجهنه سبنت - ظاهري جشمو
وجهنه سبنت -

(اکرام) گوٚ عزّت دِنُن (مخاطبہ) پانوان کلام کرُن (مراقبہ)
دِل خدایِ تعالیٰ اَس کُن متوجہ کرُن ۔ اسرارِ اِلٰہی ظاہر سپدِنکہ
وقتہ دل خالی کرُن ماسوی اللہ نش ۔ اسرارِ اِلٰہین ہنز حفاظت
کرُن (مشافہہ) اکھ اکس روبرو سپدُن ۔ متوجہ سپدُن ۔
(مشاهدہ) اکھ اکِس کُن وچھُن ظاہری چشمو سیت ۔ یا
دلچو اچھو سیت (معائنہ بالبصر) ظاہری اچھو سیت وچھُن
بیکو تشریح چھُ ضروری ۔ تاکہ یہ مسئلہ ییہ پرت کانسہ ہندس
سمجھس اندر ۔ حضور علیہ السلام آس ابتدای وحیس اندر
مختلف آوازہ بوزان ۔ گاہے گھنٹی ہنز ہش آواز ۔ سیت
سیت آس انھز رویای صادقہ تہٕ وچھان ۔ یہ گوٚ منزلِ مخاطبہ
غارِ اندر خلوت گزین سپدت آس ذاتِ واجب الوجودگ تصور
کران ۔ یہ گوٚ مراقبہ ۔ بلہ یہ تصوّر مکمّل سپدنہٕ معلوم آسک سپدان
ادہ عبادت خدا کرُنکہ وقتہ کہ خدای تعالیٰ چھُ مہ کُن وچھان
یہ گوٚ منزلِ مشافہہ ۔ امہ پتہ سپد نہندس دل مبارکس پٹھ خدای
تعالیٰ سُند نوٗر تنھہ پاٹھ پُر نور اوں وال کہ پتھہ پاٹھ شبیس اندر
چھہ روشنی جلوہ گر سپدان یہ گوٚ منزلِ مشاہدہ ۔ امہ پتہ

سپدک معراجس اند عطا رتبہ مَا کَذَبَ الْفُؤَادُ مَا رَاٰی یہ گو
منزلِ معائنہ بالبصر یتھ اندر نہ کونہ قسمک شک و شبہہ آسو
ین منزلن ہند استخراج و دریافت چھو سپدان آیاتن فی بلوسین
وَمَا یَنْطِقُ عَنِ الْھَوٰی اِنْ ھُوَ اِلَّا وَحْیٌ یُّوْحٰی آنحضرت
صلی اللہ علیہ وسلم چھنہ بذاتِ خود کانہہ کتھ فرماوان بلکہ
یہ کتھ چھہ وحی خدا آسان یہ گو مخاطبہ کہ خدای تعالیٰ اَن
کر حضور علیہ السلامن پیٹھ قرآن مجید نازل - ثُمَّ دَنٰی
فَتَدَلّٰی تمہ پتہ سپد تم نزدیک بارگاہ الٰہی ستھاہ بڈ پای
قربس اندر یعنی تکھہ وانٹ بارگاہِ الٰہیس - شرف دیدارک منتظر
آس - یہ انتظار گو مراقبہ - چنانچہ روایت چھہ کہ شب معراجس اندر
یلہ بارگاہ الٰہیس نزدیک وانٹ آواز سپز ک قف یا محمّد
اِنَّ رَبَّکَ یُصَلِّیْ عَلَیْکَ ذرہ ٹھرولے محمد ؐ چانو خدا چھو
ژہ پیٹھ درود سوزان - یہ توقف نہ انتظارِ دربار الٰہی
آسو مراقبہ - فَکَانَ قَابَ قَوْسَیْنِ اَوْ اَدْنٰی دون
کمانن ہندس فاصلس پیٹھ یا تمہِ خوتہ تہ آی نزدیک یعنی
دربار الٰہیس اندر سپد حاضر حضورِ علیہ السلامن سپد معلوم

که بو چہوس خدای تعالی اس روبرو استاده - یہ گو منزل مشاہدہ «مَا زَاغَ الْبَصَرُ وَمَا طَغٰی» بیہند چشمان مبارک ڈل نہ نہ ڈپن نہ نہ کہاور نہ بڑ بای حده خو نہ یر ونٹھہ کُن - خدای تعالی سندس دیدارس کُن سپد تم ہمہ تن متوجہ - یہ گو منزل مشاہده - «لَقَدْ رَاٰی مِنْ اٰیَاتِ رَبِّهِ الْكُبْرٰی» ہنو وچہہ ننس یہ ورد گاره سپنده قدرتک ڈبڈ نشان بچشم ظاہری - یہوی گو منزل معائنہ بالبصر - یمو آیا تو اندره درای ہم باتھ مراتب - ون گبہ ظاہر یاپٹھ اکچہ مثالہ:-

مثلاً کانہہ شخص آسہ تہ آلو کران - مگر تہ آسک نہ زانان یہ کُس چہو - یہ کیتہ چہو - یہ کیاه چہو ونُن یرژهان - یہ گو مخاطبہ نو ه بتہ آسہ سو شخص تہ کن بوان تہ آسک بین براران یہ گو مراقبہ - تمہ پتہ آسہ سو شخص تہ برونٹھہ کُن بوان - تہ آسک نہ تستد خط و خال تشخیص ہکان کرت یہ گو مشاہدہ ون بلہ تہ نزدیک ییپن بیہ - خط و خال آسک تہ وچھان تمسُند - تگہ یہ آسنہ تشخیص سپدان کہ زید چہوا کنہ عمرو - یہ گو منزل مشاہده - ون بلہ سو بالکل تہ نزدیک بیہ یا برونٹھہ

کنہ بہہ نہ زٕ تہِ ہمگ ون شناخت کرت کہ یہ چھو زبد۔ یہ
گو منزلِ معائنہ بالبصر۔ تتھہ اندر نہ کانہہ شک وشبہہ روزہ
بمہ کیفیات مراتب و درجات چھہ بین خاصانِ خداین نہ حاصل
آسان۔ چنانچہ پوشیدہ چھو نہ۔

وَخَصَّصْتَهُ بِالْوَسِيْلَةِ الْعُذْرٰى وَالشَّفَاعَةِ
الْكُبْرٰى يَوْمَ الْفَزَعِ الْاَكْبَرِ فِي الْمَحْشَرِ۔

بیہ کرتھن زٕ خاص حضور پرنور صلی اللہ علیہ وسلم عذر خواہی
ہندہ وسیلہ سیت۔ بیہ شفاعتِ کبریٰ سیت بمہ دوہہ
لوک خوف زدہ آسن محشرس اندر۔
«تخصیص» گو خاص کرُن کانہہ کونہِ چیزہ سیت تتھہ اندر نہ
بیاکھ شریک آسہ۔ «وسیلہ» گو ذریعہ۔ جنتک اکھ درجہ
اکھ۔ یس حضور علیہ السلام ہندہ خاطرہ خاص چھو۔
«عذری» گو سو وسیلہ دُعا یتھہ اندر نہایت درجہ عاجزی
زارہ پارہ آسہ۔ اگر وسیلک معنی ذریعہ بیہ نیہ نہ حضرتن
ہندہ وجودِ ذی جود صلی اللہ علیہ وسلم چھو امتچہ خلاصیہ ہندہ نہ نجاتک
ذریعہ۔ یس شخصہ سندس دلس اندر ذرس برابر نہ ایمان آسہ

سُونہ گھرہ جنتس اندر ۔ اَڈن نسخن اندر چھو الوسیلۃ العظمیٰ
بجاۍ عُلندرہے ۔ تِلہ چھو مطلب بفد درجہ جنتک یُس
حضور علیہ السلام من ہندہ خطرہ خاص کرنہ آمُت چھو ۔
اڈن نسخن اندر چھو عُلندرہے تِلہ چھو مراد وسیلۂ شفاعت
یبنھ اندر حضور علیہ السلام مَن ہندہ طرفہ بارگاہ الٰہیس اندر
نہایت عاجزانہ زارہ پارہ ییہ کرہ ۔ بہ گو شفاعت کُبریٰ ۔
شفاعتِ صغریٰ گو پرتھ فرد مسّن در دُنیا تکلیفن نہ مُصیبتن
ہندہ وقتہ شفیع آسُن ۔

یا اکرم الخلق مالی من الوذ بہ سواک عند حلول الحادث العمم

گمراہ روز قیامت کران تمام امتنکہ مغفرتہ خطرہ شفاعت ییہ
ییتھ لوکن ہند گنہ بخشنہ ین نہ برث اکھاہ اژہ جنتس اندر
"یَومَ الفَزَعَ الاکبر فی المحشر" "فزع" گو خوف و دہشت
قیامتکو "محشر" گو جمع سپدنچ جاۍ ییتہ لوک قبرو منزہ
وُتھت جمع ین کرنہ ۔ آفتاب ییہ نزدیک اننہ ۔ لوک تِمن
شور و غوغا کرمیہ سپنت ۔ کانہہ ییمیزہ کرنہ شفاعتکو جُرأت
مگر بہ شفاعتکو عزت آسیہ حاصل حضور علیہ الصلوٰۃ والسلام ۔

هُوَ الحَبِيبُ الَّذِي تُرجىٰ شَفَاعَتُهُ    لِكُلِّ هَولٍ مِنَ الأَهوَالِ مُقتَحِمِ

وَجُمِعَت لَهُ جَوَامِعُ الكَلِمِ وَجَوَاهِرُ الحِكَمِ. جمع ڪرڻ

ته حضور عليه السلام منهنجي خاطره جامع ته مختصر ڪلمات.

قليلُ اللفظ ته ڪثير المعنىٰ - ۽ حڪمتن ڀريا جواهر -

جمع، گويا ڪرڻ "جوامع الڪلم" يعني ڪلمات اندر

گهڻا معاني جمع آهن "جواهر الحڪم" حڪمتن ڀريل

مختصر ڳالهه - حديث شريف ۾ آهي ته جوامع الڪلم مان آهي

عطا ڪرڻ ته ٿورن ڪلمات ۾ معنيٰ اندر جامع هجي مراد هجو قرآن اندر

قرآن شريف پس تمام امورن ته حڪمتن حاوي هجو. لَا رَطبٍ

وَلَا يَابِسٍ اِلَّا فِي كِتَابٍ مُّبِينٍ. يا هجي مراد آهي اندر ۾

حديث ۾ حاوي آهي شرعي اصولن ٻيٽ الفاظ ڪم مگر

معنيٰ اندر گهڻا وسيع ته ڪثير - جنهن ڪري ته شرح مڪه سڏجن -

ڪجهه حديث شريف جهڙيون لکڻ ٿيون: -

(١) اِنَّمَا الاَعمَالُ بِالنِّيَّاتِ - عملن جو دارو

مدار نيت تي هوندو آهي - پڙهه نيت آهي تهڙو ٿيندو ڦل -

(٢) اَلدِّينُ النَّصِيحَةُ - دين هجو نصيحت ته مدايت

یمہ سینت انسان کامیاب سپدان چھو۔

(۳) اَلْمُسْلِمُ مَنْ سَلِمَ الْمُسْلِمُوْنَ مِنْ لِسَانِہٖ وَیَدِہٖ۔
مسلمان گو سُہ یُس نہ زِوہ نہ اتھہ سیت کانسہ بیس
مسلمانس تکلیف واتنہ۔

(۴) اَلْمُھَاجِرُ مَنْ ھَاجَرَ مَا نَھَی اللہُ۔ مہاجر گو سُہ
شخص یُس منہیّاتو نشہ بیٚنہ روزہ۔

(۵) اِذَا لَمْ تَسْتَحِیْ فَاصْنَعْ مَا شِئْتَ۔ بلہ نہ زِہ حیا
کرک نہ ادہ یہ خوش کری نہ کر کیازِہ ایمانُک شرط چھو
حیا آسُن الحیاءُ شعبۃٌ مِنَ الایمانِ۔

(۶) مِنْ حُسْنِ اِسْلَامِ الْمَرْءِ تَرْکُہٗ مَا لَا یَعْنِیْہِ۔
فضول کتھہ نہ فضول کامہٕ ترٲو نہ چھہ شخصنہ سُندہ
اسلامُچ خوبی۔

(۷) اَلْبَلَاءُ مُوَکَّلٌ بِالْمَنْطِقِ۔ بیہودہ کلامسی سیت چھہ
بلایہ نہ مصیبت آسان زوہ گھرژہ راچھہ کرن۔ سوچِتھ گھرژہ کلام
کرُن۔ انسانہ سُند دار و گیر تہ گرفت چھو کلامہ سیتی۔

(جواھر الحکم) ات اندر چھہ اضافت تشبیہی یا بیانی۔

نمہ حکمتر بمبہ بمنزلۂ مخنۃ جہبہ - مراد جہو امہ اندرہ علوم معرفت
الفاظ وعظ و نصیحت بم حضور علیہ السّلام وقتاً فوقتاً لوکن
فرماوان آس - یانم راز بمن بٹھہ نہ حضرنو ورای کانہنۃ واقف
جہو - دراصل جہو سو کلمہ یسُن ناکارہ کامیونشہ بجاوہ
نہ نیکیہ کن رہنمائی کرہ حکمت - حکمت جہو الکھ مخنۃ نہ
جواہر - بمکو تلاش پرہہ عقلمندہ جہو کران - حکمۃ اندرہ
جہو بنیت مراد فلسفۃ القرآن -

---

وَجَعَلْتَ اُمَّتَہٗ خَیْرَ الْاُمَمِ - ببہ کرہن ثہ نہنز
اُمّت ساروی امتو خونہ بہتر نہ افضل -
(جعل) گو کرن - بناون (امۃ) جماعت (خیر) گو
بہتر بن - بہ جہو اسم تفضیل - اصل امیکو آسو اَخیَر (امم) گو
امّتک جمع - قرآن شریفس اند جہو کُنتُم خَیرَ اُمَّۃٍ اُخرِجَت
للناس - اے امت محمد تو جہوہ سارتی امتن ہندہ خونہ
بہتر - بلہ امت محمدی گبہ سارتی امتن ہندہ خونہ بہترنہ
حضور علیہ الصّلوٰۃ والسلام جہہ پانے تمام انبیاء و مرسلین
ہندہ خونہ بہتر نہ افضل -

وَغَفَرَتْ لَهُ مَا تَقَدَّمَ مِنْ ذَنْبِهِ وَمَا تَأَخَّرَ

ببه بخشث زه حضور علیه السلام منتهه بر وَنْڈهه خلافِ ولی کنهه۔
(غفران) گو بخشش۔ عفو کرُن (تقدم) پیه برو نْڈهه
گزریو (تاخر) پیه پتهه پییه (ذنب) گے ہم گناه ہم باراده
کرنه یِن۔ خطا گے ہم گناه ہم بغیر اراده آسن۔ ینت چهو
مراد مطلق لغزش۔ قرآن شریفس اندر چهو اِنَّا فَتَحْنَا لَكَ
فَتْحًا مُّبِينًا۔ لِيَغْفِرَ لَكَ اللهُ مَا تَقَدَّمَ مِنْ ذَنْبِكَ وَ
مَا تَأَخَّرَ۔ اے حضرت محمد صلی اللہ علیه وسلم اسه کرُو تُهه
فتح مبین عطا۔ ببه پتمن بر ونْڈهمن لغزشن منز معافی۔

ینن چهو اک سوال پیده سیدان که انبیاء چهه گناهِ کبیرو نه
صغیرو نش پاک آسان۔ به چهو لازمی که پیغمبر۔ رہنما۔ پیشوا۔
لیڈر۔ گژهن قبائحو نه افعال ذمیمو نشه پاک و پاکیزه آسن
ننه یِکن نه تم معتمد علیه روزِتْ۔ بلکه سیدان مورِد الزام۔
پَتِس آنحضرت صلی اللہ علیه وسلم بلکه گنهو نشه پاک چهه نه تخبائش نه
مغفرت کتهه چیزس چهو اده؟

وار پاره توجیه چهک لکهمت ہم نه قابل قبول چهه سیدان

مختصر ڇھو ته حضور عليه الصلوٰة والسلام جھه اک نمونهٔ اخلاق
لهذا منن نش اک معمولي سي معمولي چيز سرزد سيڊُن
يُبس في نفسه مباح آسه تنهه ڇهو پوان تغير کرنه دنيه شين
مثلاً منش نابيناءَ سَ ٻيٽ ترشروي سيڊُن پمسنده خيطره
نازل ٿيد عَبَسَ وَتَوَلّٰى اَنْ جَآءَهُ الْاَعْمٰى يعني محمّد
مُصطفےٰ صلى الله عليه وسلم ٿيد ترشروي تنھو ڀھرت ٻيٺه که منن
نش آو اک نابينا ـ ياکونه کهنش جيبن اندر زيادتي کرن
يا مثلاً سورهٔ تحريم مين اندر ڇھو يٰاَيُّهَا النَّبِيُّ لِمَ تُحَرِّمُ مَا
اَحَلَّ اللّٰهُ لَكَ تَبْتَغِىْ مَرْضَاتَ اَزْوَاجِكَ وَاللّٰهُ
غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ. اے ناٹھه پيغمبر بس چيز الله تعالىٰ آن جانه
خبطره حلال کر سو کيا زه ڇهوک تـه بنش نفس ٻيٺه حرام هو
زانان ـ اگر تهنه طبيعت کا نه چيز کھيون ڇھو نه پڙهان ـ مه
کھيو ـ ليکن حرامک پاٺه ترک کرن ڇهو نه جان ـ خدا ئي تعالىٰ
ڇھو زانان که تهنر نيت ڇهه صالح ـ تو ه ڇهوه بنه نين ازواجن
هنر رضامندي ٿهانڈان ـ يسُ اصول اخلاق ڇهو ـ
بني ڇهو چونکه منّن که خبطره شاهراهِ هدايت آسان ـ

لهذا امتُ ہند شہر نرک کرُن ہوی ہندہ رضامندی خبطرہ چھونہ پسند۔ حالانکہ یہ معاملہ آسو مباح ۔ بیہ نہ واریاہ وافعات چھہ امہ قسمک ییم فی ذاتہ مباح چھہ۔ لیکن شانِ بنوّتس شایانِ آسنہ۔ ییم معمولی چیز چھہ پیغمبرن ہندس حقس اندر (ذنب، گناہ) یوان تعبیر کرنہ۔ بعض علما چھہ فرماوان کہ امہ قسمک الفاظ و عبارات چھہ متشابہات نو اندرہ۔ یمکس مقصدس پیٹھہ نہ سوای خدای تعالیٰ کانہہ واقف چھو۔

اَلَّذِیْ بَلَّغَ الرِّسَالَۃَ وَاَدَّی الْاَمَانَۃَ۔ سو مقدّس ذات ییم لوکن احکام واتناو۔ بیہ امانت اداکرُ۔ تبلیغ نہ بلاغ گو واتناوُن (رسالۃ) گیہ پیغمبری مراد احکام الٰہی (امانۃ) گو سو چیز یُس کانسہ حوالہ بیہ کرنہ ییتھہ یا ٹھ وِنہ یلہ مالک یژھہ واپس ہنہ۔ یا کانہہ چیز بیہ کانسہ شخصس حوالہ کرنہ یمہ غرضہ کہ سو واتناوِہ بییس شخصس۔ احکام الٰہی چھہ اکہ وجہہ رسالت (پیغام ہنُن) کیازِہ خدا وند تعالیٰ اَن کر حضور علیہ الصّلوٰۃ والسّلام مُرسَل۔ دنیاہس احکام بوزہ ناونہ خیطرہ اکہ وجہہ چھو امانت یُس اللہ تعالیٰ اَن مَن دتو دُنیاہَس

وانتاونه خیطره ۔ مختلف تعبیر کرت چھو رسالت نہ امانت
اکسی چیزس وننہ یوان ۔ ییہ چھو نہ معنی کہ رسالتہ اندرہ
چھو صرف پیغام بوزہ ناونوی یوت کافی اِنَّكَ لَا تَهْدِي
مَنْ اَحْبَبْتَ وَلٰكِنَّ اللّٰهَ يَهْدِي مَنْ يَّشَآءُ ۔ اے حضرت
محمد بہ چھو نہ ضروری کہ یُس توہ دوست تھوبون سو گیا کھرہ
ہدایتس پیٹھ یُن ۔ بلکہ یہ چھو خدای تعالیٰ سندس اختیارس اندر
یس خوش کریس تس کرہ ہدایت يٰاَيُّهَا الرَّسُوْلُ بَلِّغْ مَا اُنْزِلَ
اِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ ۔ اے ٹاٹھہ رسولہ ژٕہ واتناو لوکن یہ ژٕہ
خدایہ سندہ طرفہ نازل سپدُوی یعنی قرآن ۔
امانتہ اندرہ چھو سو ہدایت مراد یُس مُوصل الی المطلوب آسہ
(مطلوبس نش واتناوَن والو) نہ صرف عکھی بایت بوزہ ناوُن
بلکہ لوک راہِ راستس پیٹھ انِت کھڑا کرِن ۔ قرآن شریفس
اندر چھو ذٰلِكَ الْكِتٰبُ لَا رَيْبَ فِيْهِ هُدًى لِّلْمُتَّقِيْنَ
یتھ قرآن شریفس اندر چھو نہ کُنہ قسمک شک و شبہہ ۔ یمن لوکن
ہندہ خیطرہ چھو ہادی یمن منز استعداد چھو ہدایت قبول کرنک
گویا یمن لوکن ہندہ خیطرہ ہدایت حقیقی ۔ یمن احکام بوزہ ناوُن

بجہو خدای تعالیٰ اس منظور ـ مطلوبس نا ن وا تنا وُن گو امانت ادا
کرُن ـ حضور علیہ السلام تو وا تناوُ احکام الٰہی سارسی دنیاءِ س
بینفہ پاٹھ لازم آسو تہ بہندہ خیطرہ حقیقی ہدایت مقدر آسو
تم انک راہِ راستس بیٹ ـ امانت کرک ادا ـ بس جہہ ہدایت
نہ معنی ـ اکھ گو کونہ شہرح ـ کونہ مقاصج وتھ ماون ـ بیاکھ
گوتت مقامس یا منزلس نا ن وا تناوُن ـ

وَنَصَحَ الاُمَّۃَ وَکَشَفَ الغُمَّۃَ ـ بیہ کرک امتس
نیک و بدح نصیحت ـ پوشیدہ امر تراوک ـ بیتھو تم نیکی
اختیار کرتت بدیہ تش بیتھ روزن ـ

(نصیحت) گو نید و وعظ کرن (کشف) ظاہر کرُن دور
کرُن (غُمّہ) گے پوشیدہ امر ـ غمج شدّت ـ آنحضرتو
صلی اللہ علیہ وسلم کرنیک و بدح نصیحت ـ امور نیک و بد کرک
ظاہر ـ بیتھو لوک نیکی اختیار کرتھ بدی تش بیٹ روزن ـ
غمج شدّت کرکھ دور ـ امت نو زہ ناوُک نجتا بشہ منز
خوش خبر ـ تہند مشکلات تہ تکلیفات کرک حل تہ رفع ـ

یا اکرم الخلق مالی من الوذ بہ ۔ سواک عند حلول الحادث العمم

اے اشرف مخلوقات تو ہہ سوا کُس حض چھو میں نش مشکلاتن
اندر ہنہ ہیہ ننہ ۔ یا چھو غُمّہ اندرہ مراد تم اسرار مخفی
ہِن ہند تشریح کُر حضرتن ہند فہم و فراستن ۔ یا چھو مُراد
غمّہ اندرہ جہالچ تاریکی بیہ کافرن ہیٹ ولنہ آس آمژ ۔

وَجَلَّی الظُّلْمَۃَ ۔ بیہ کرک دور کُفرچ وگمراہیہ ہنز
انہ گٹہ ۔ (تجلیہ) گو رونشن کرُن (ظلمۃ) تاریکی
ہمو کر کفرچ نہ گمراہیہ ہنز ۔ غفلچ نہ بدعاتن ہنز تاریکی دور
(جلی) چھو تشدیدہ ورای نہ ۔ تشدیدہ سان تہ ۔

وَجَاھَدَ فِی سَبِیْلِ اللّٰہِ ببہ کرکھ جہاد در راہ خدا
(جہاد) کافرن سبت جنگ کرُن (سبیل) گیہ وتھ
یعنی دینکہ فتحہ خیطرہ کرکھ کافرن سیت جنگ تمو تامت
کفر دور کُرید ۔ دین آلہی کُرید شایع ۔

وَعَبَدَ رَبَّہٗ حَتّٰی اٰتَاہُ الْیَقِیْنُ ۔ بیہ کرک پننس
خدایس عبادت تمو تام واصل بخدا سپن ۔ یا پُدک
یقینک درجہ حاصل کہ خدای تعالیٰ چھو واجب الوجود ۔ قادر
بصیر ۔ علیم ۔ موئن چھیہ یقین امہ بیہ و نان کہ تمکو وقوع

چھُو ثابت و متحقق ۔ تتھ اندر شک و شبہٕ گنجایش چھُنہ
قرآن مجیدس منز چھُو حکم وَاعْبُدْ رَبَّكَ حَتّٰى يَأْتِيَكَ
الْيَقِيْنُ ۔ واصل بخدا سپدنس تان روزِ بو عبادت خدا
کران ۔ عبادتہ سیتۍ چھُو انسان معرفتک منزل طے کران
کران فنا فی اللّٰہس تام واتان ۔ یہوی گو منزلِ یقین ۔
یقینس چھِہ ترٛے قسم ۔ علمُ الیقین ۔ حق الیقین ۔ عین الیقین
علم الیقین گو کانہہ چیز یا کانہہ حقیقت ینچھہ یا ٹھ زانن کہ
تمکہ کیفیت و کمیت و ماہیتک کلّی علم حاصل آسُن ینچھہ اندر نہ
شک و شبہٕ گنجائش باقی روزہٕ ۔ مثلاً نار چھُو اکھ زانن
والو چیز وغیرہ وغیرہ ۔ امکس ماہیتس نہ امکن خواصن ینچھہ
سپدہٕ اطلاع کلّی حاصل ۔ مگر وچھنک موقعہ میلنہٕ ۔
عینُ الیقین گو ینیو اچھو سیتۍ کانہہ چیز وچھُن ۔ مثلاً
دورٕ وُچھہ نار چہ رِہہ تہ دٕہ وُتھان ۔ عین الیقین چھُو
علمُ الیقینہ خوتہ سٹھاہ تھد آسان ۔
حق الیقین گو کُونہ چیزس اندر اژُن یا تتھہ منز محو سپدُن
مثلاً نارس اندر اژُن تہ دزُن بہ گو یقینک انتہائی مرتبہ ۔

بیاک مثال ۔ بمہ سپنت یقینکن ترشون مرتبن ہند تشریح
چھو یوان کرنہ ۔ اکس شخصس چھہ مثلاً خبر کہ زہر کھنہ سپنت
چھو انسان مران ۔ یہ گو علم الیقین ۔ بلہ کانہہ انسان امس
بر ونٹھہ کنہ زہر کھنت مران چھو ۔ یہ گو عین الیقین ۔ اگر یہ
شخص پانہ زہر کھیہ نہ حالاتِ نزع سپدن تمس پیٹھ ظاہر
معلوم سپدس بو روزہ نہ ون زندہ ۔ یہ گو حق الیقین ۔

اَللّٰھُمَّ ابْعَثْہُ مَقَامًا مَّحْمُوْدًا یَّغْبِطُہٗ بِہٖ
الْاَوَّلُوْنَ وَالْاٰخِرُوْنَ ۔

یا اللہ ۔ ژہ کر حضورِ علیہ السلام من عطا مقام محمود یمکو رشک
رن ۔ تمنا نہ آرزو کرن اولین تہ آخرین تِہ ۔
(بعث) گو ثلن ۔ عطا کرن ۔ سوزن ۔ (مقام محمود)
قربِ الٰہیہ کہ اعلےٰ ترین مرتبک ناو (غبطہ) تمہ نعمتچ
خواہش نہ رغبت کرن یس بیس آسہ حاصل ۔ مگر تمتھہ پاٹھہ نہ
ینتھہ پاٹھ تمس نش سہ دور سپدِہ ۔ یہ خواہش چھہ مستحسن ۔
اگر امس نش یہ نعمت دور گژھنچ خواہش آسِس ۔ سو گو تلہ
حسد ۔ یہ چھو حرام ۔ مثلاً کانہہ کرِہ خواہش کہ زیدہ سند پاٹھہ

گوڑھس بوزنہ دولتمند بنٕنُ۔ یہ گو غبطہ۔ اگر نم زید مفلس بنہ نچ۔ پانہ دولتمند بنہ نچ خواہش کر۔ سو گو حسد۔ غبطہ چھُو جائز۔ حسد چھُو ممنوع۔ (اولون)، اندرہ چھُو مراد آدم علیہ السّلام سبہ یِنِندہ صلبی نسلک پیغمبر تہ اولیاء (آخرون) اندرہ چھُہ مراد صلبی نسلہ نیتھ انبیا تہ اولیا۔ یا چھُو اوّلینہ اندرہ مراد تمام پیغمبر تہ اولیاء اللہ یم حضور علیہ الصّلوٰۃ والسّلام برونٹھ گذریامت چھِہ۔ آخرینہ اندرہ تم تمام اولیاء اللہ یم حضور علیہ السّلام پتہ قیامتس تام بٕن۔ مقام محمود حاصل سپدِنُک آرزو ونیتھ پاٹھ پیغمبرن چھُو۔ تِتھے پاٹھ چھُو اولیاءُ اللّٰہن تہ۔ یا چھُو مراد اولین و آخرینہ اندرہ تمام مخلوقات۔ قرآن شریفس اندر چھُو عَسٰۤی اَنۡ یَّبۡعَثَكَ رَبُّكَ مَقَامًا مَّحۡمُوۡدًا تہند خدا واتناوِ عنقریب توہہ مقام محمودس اندر۔ گویا یہ فقرہ چھُو اقتباس یمہ آیہ شریفک۔ یہ چھُو مقام محمودہ اندرہ مراد شفاعت کُبریٰ۔

نیت چھُو بیاک سوال پیدہ سپدان کہ یلہ حضور

علیہ السّلام مقام محمود عطا سپد مِنّت جہو نہ سوُن بیہ
پھیرت امہ خیطرہ دُعا کرن نہ درخواست کرُن خدا ہی
تعالٰی اَس نِش کیا معنی جہو؟ امیکو جواب جہو ایزہ
یمہ آیہ شریفہ اندرہ جہو وعدہ مفہوم سپدان ۔ تمہ وعدکہ
پورہ کرنک آرزو کرُن خدای صادق الوعدس نِش جہو جائز ۔
بیہ اکہ حاصِل شدہ چیزِہ موکھہ دعا مونگن از بارگاہ ایزدی
سوگو اظہار خلوص وارادت ۔

اَللّٰھُمَّ عَظِّمْہُ فِی الدُّنْیَا بِاِعْلَاۗءِ ذِکْرِہٖ وَاِظْھَارِ دِیْنِہٖ وَاِبْقَاۗءِ شَرِیْعَتِہٖ ۔ یا اللہ حضور علیہ السلام
کرُک دنیاہس اندر مکرّم و معظم تِہنز ذکر بلند سپدنہ سیت
بیہ تِہند دین غالب کرنہ سیت ۔ بیہ تِہند شریعت ہمیشہ باقی تھونہ
سیت ۔
(تعظیم) گو بزرگ کرُن ۔ (اعلاء) بلند کرُن (اظھار) ظاہر
کرُن ۔ غالب کرن (دین) مذہب (ابقاء) باقی تھوُن
(شریعت) طریق محمدی ۔
حضور علیہ الصّلوٰۃ والسلام من آو ہدایت نہ دین حق

یمہ خیطرہ دِ نہ کہ انتہ ہدانبس نہ دینس کرِن ہین مذہبن ہٹ
غالب ۔ قرآن شریف جہو ناسخ الہامی کتابن ہندن اڈن
احکامن ہیند ۔ لہذا جہو ثابت د دینِ محمدی غالب آسُن ،
قرآن شریفہ سبت پُسُد تکمیل دینکُ نہ شریعتک ۔
دنیا ہس اندر سُپد تہند تعظیم و تکریم نہ بلندی دکر یتھہ
پاٹھ کہ تہند نام مبارک آو خدای تعالیٰ سندس ناوس سیت
تھونہ بانگہ اندر ۔ تکبیرس اندر ۔ کلمۂ شریفس اندر ۔ نمازہ اندر
وغیرہ وغیرہ ۔ مسجدن اندر ۔ منبرن پٹھ چھِہ یہند تعریف
بیان یوان کرنہ ۔ یہ اقتباس چھُو آیۂ ورفعنا لک ذکرک
اظہار دین سُپد تیتھہ پاٹھ کہ کانہہ جایہ ۔ کانہہ ملکاہ
کانہہ حِصّہ رُود نہ باقی یتھہ اندر نہ دینِ محمدؐ یک تشہیر سُپد
نہ تمام دُنیاہس پٹھ رُود غالب ۔
اِلقاء شریعت سُپد تیتھہ پاٹھ کہ تہند دین چھُو تمام دینن
پٹھ غالب ۔ کانہہ مذہبہ رُودنہ قابلِ عمل وَمَن یَّبتَغِ
غَیرَ الاِسلَامِ دِینًا فَلَن یُّقبَلَ مِنہُ ۔ یُس اسلامہ وراۓ
بیاک دین پننُ معمول بناوہ سو چھُو نہ ہرگز قبول یاری

ادیان کہ اسلامس ناقابلِ عمل۔ یمہ نعمت خدایہ تعالیٰ ان حضور
علیہ السلامس عنایت کرٕ۔ نِمہ روزِ قیامتس تام بڈان۔
تمن مہند ترقی چھو مقدر۔ اتھ ترقیس چھہ وارِ یاہ منزل
اکہ ترقی منازلہ حیطرہ النجاتہ آرزو کرن از درگاہ الٰہی چھو لازم

وَفِی الْآخِرَةِ بِشَفَاعَتِہٖ فِیْ اُمَّتِہٖ۔ ییہ کرن حضور
علیہ الصلوٰۃ والسلام مکرم و معظم آخرتس اندر امتکہ شفاعتہ سبب
دا آخرت، قیامت۔ روز محشر۔ شفاعت، سفارش
کرن۔ ییتہ چھو شفاعتہ اندرہ مطلب قبولِ شفاعت
کہ تمہند درخواست سپدن قبول۔ قرآن شریفس اندر چھو
مَنْ ذَا الَّذِیْ یَشْفَعُ عِنْدَہٗ اِلَّا بِاِذْنِہٖ خدای تعالیٰ
سندہ اذنہ ورای کس کرِ شفاعت کرنک جرأت۔
ادٕ ییس خدای تعالیٰ شفاعت کرنک اجازت دیہ تمسندس
تعظیمس اندر کیا شک و شبہ چھو۔

ییتہ درودس اندر چھو تمن عطیاتن منز ذکر یمو سبب
حضور علیہ السلامن منز تعظیم تہ بزرگی ثابت چھہ۔ یعنی
بلندی ذکر۔ غلبہ دین۔ دوام شریعت۔ شفاعت بروز قیامت

وَأَجْزِلْ أَجْرَهُ وَمَثُوبَتَهُ وَأَبِّدْ فَضْلَهُ

لِلْأَوَّلِيْنَ وَالْآخِرِيْنَ بِالْمَقَامِ الْمَحْمُوْدِ

ٻيهر ڏاڍو وڌاءِ تنهنجي اجر ۽ ثواب. ٻيهر ظاهر ڪر ۽ هميشه

ٿئو تنهنجي فضيلت اولين ۽ آخرين تي مقام محمود کان

مشرف ٿيڻ سبب.

"اجزل" ڇهو اجزالڪ امر يعني زياده ڪرڻ - ثواب ڪثير ڏيڻ

معنيٰ گو زياده ڪر - زياده ڏي "اجر" ثواب - انعام -

مزدور "مثوبه" ثواب - رڻ ڪار ۾ هنڌ بدلو "ابد" ڇهو

صيغه امر - يعني هميشه ٿئو - اڏن نسخن اندر ڇهو "ابين"

يعني ظاهر ڪر، هوي ڇهو اولي ۾ مشهور "فضل" گهڻي بزرگي

اولين و آخرين ۽ مقام محمود ڪي شرح ڇهو سيد منت -

سوال ڇهو ڪيڏو اولين تي ڇهه حضور عليه السلام تنهنجي

فضيلت ظاهر ٿيڻ مٿر - ون ٻيه ٿملڪ نزاونڪ باد وامڪ

النجا از خدا ڪرڻ ڪيا معنيٰ ڇهو - ۽ اڪر "ابد" ڪ معنيٰ بونو ڪه

هميشه ٿئو ۽ اولين هنده خيطره ڪنهه پاڻ سيده هميشه گهڻو هنڌ

معنيٰ مربوط - جواب ڇهو ته ڪتاب الروح اندر ڇهو

لکھان علّامہ حافظ ابنِ قیمؒ علیہ الرحمہ کہ یتھہ پاٹھہ انسان دنیوی
زندگیہ اندر استفادۂ معارف چھو کران۔ تیتھے پاٹھہ چھو مرنہ پتہ
روح نہ استفادہ کران۔ حضرتن منز فضیلت چھہ ابدی۔
تمہ نش روزن اولین و آخرین استفادہ تلان۔ فضیلت محمدیس
اندر غور کرُن سو چھو امنکہ خبطرہ ترقی فضیلت۔ کیازِہ نُبوت
حضرتن منز فضیلت آسہٖ یتھہ آشکار سپدہ۔ نبوت روزن
سان دل منوّر سپدان۔

یا گوٗیہ معنی کہ مقام محمود عطا کرنہ سبب ترا و تہنزہ اجر و
ثوانچ زیادنی بیہ تہندہ فضیلتُک دوام ییتھو اولین تہ
آخرین فائدہ منتہ سپدن کیازِ حضرتن ہند مقام محمودس
پٹھ واتُن چھہ دلیل افزونی اجر و ثوانچ۔

---

وَتَقْدِيمِهِ عَلَى كَافَّةِ الْمُقَرَّبِيْنَ الشُّهُوْدِ

بیہ تہندہ پیشوا کرنہ سبب سارنی ہمن مقربین پٹھ
یم انوار الٰہی تہ معارف الٰہی وچھان چھہ۔
(تقدیم) مقدّم کرُن۔ پیشوا بناوُن (کافہ) تمام۔
(مقربین) جمع مقرّب۔ نزدیک (شہود) شاہدُک جمع

یعنی حاضر۔ ناظر۔ وتقدیمه جهو عطف بر مقام محمود۔
کافة المقربین منزه جهه ننین مراد پیغمبر۔ لفظِ شهود
جهو صفت مقرّبینک۔ یعنی هم خدای تعالیٰ سند انوازنه نمند
معارف وچهان آسن۔ حضرت صلی الله علیه وسلم
آسن تمام پیغمبرن هند پیشرونه پیشوا۔ ینهه پاڙهه سپه سالار
لشکر جهو بر وننڈه پکان۔ یتهے پاڑهه آسن آنحضرت صلی الله
علیه وسلم امام نه پیشوا۔ باقی انبیا واولیا ومخلوقات آسن
پته پته۔ شفاعیچ علم آسه یهندن دوشِ مبارکس پٹ۔
اوّل۔ آخر۔ مقرب۔ شاهد۔ یم جهه قربِ الٰهیک
منزل۔ حضور صلی الله علیه وسلم آسن یم منزل طے کرن
والین بر وننڈه بر وننڈه۔ کیازه حضورن هند منزل جهو مقام
محمود۔ نه یم مذکوره منزل یم جهه۔ یم جهه مقام محمودس بوٗنه کنه
اے خدا توجه اینکه حضور علیه الصّلوٰة والسّلام چهه ساری
پیغمبرن هند پیشرو ونه امام نه مقدّم بمنن کرِ عباذنک نه
رسالتکن فرائضن هند صله نه مزور عطا۔
یا گو به معنی که تهنده عباذنک صله تهنده رسالتچه مزوره

هنن زيادتي جهڙه تنهن حالتن ۾ نمايان سپيدان ڪه تم آسن تمام
مقربين نه حاضرين درگاهن هنڌ پيشيرو ـ خلاصه گو ابره
يا الله حضور عليه الصّلوٰة والسلام کر عطا رسالت ۽ عباد کن
فرائضن هنڌ صله ساري هنده خونه زياده ڪيا ته تم جهڙه مشرّف
مقام محمود ڪه مرتبه سبت ـ پيه جهڙه تم تمام پيغمبرن هنڌ پيشوا ـ
باشد بقدر همّتن نوا اعتبار نو ـ يونن ڪانسه رتبه زياده
جهو آسان ـ تمه موافق جهو بادشاهن هنده دربار خلعت ميلان

اَللّٰهُمَّ تَقَبَّلْ شَفَاعَتَهُ الْكُبْرٰى وَارْفَعْ
دَرَجَتَهُ الْعُلْيَا وَاَعْطِهٖ سُؤْلَهٗ فِي الْاٰخِرَةِ
وَالْاُوْلٰى كَمَا اٰتَيْتَ اِبْرَاهِيْمَ وَمُوْسٰى ـ

يا الله حضور عليه الصّلوٰة والسّلام هنڌ شفاعت کر قبول
پيه کر بلند تهنڌ مرتبهٔ عالي ـ پيه کر عطا تمن مطلب نه آرزو
آخرتن هنڌ تنه دنيا ۾ هنڌ تنه پيهه باڙته حضرت ابراهيمن نه
حضرت موسى عليهما السلام کن عطا کره ـ
«تقبل» جهو صيغهٔ امر يعني قبول کر «ارفع» گو بلند کر کن ـ
«درجته العليا» منزل اعلى «اعطاء» بخشش کرن «سؤل»

مراد - مطلب - آخرة، عالم عقبیٰ، اولیٰ، عالم دنیا -
شفاعة، درخواست عفو گناهِ اُمّت - حضور علیه الصلوٰة
والسلام منهن شفاعت کرڻ ته سه قبول سپدن جهه ثابت و
محقّق - دنیا ۾ جهه شفاعتِ صُغریٰ ته قیامت ۾ شفاعت کُبریٰ
حضرت منهنجه مقصود و مطلوب جهو عفو گناهِ اُمّت - اے خدا
حضور علیه السلام منهن شفاعت کر قبول دنیا ۾ ته آخرت ۾
اندر - بیه بنهه بابت حضرت موسیٰ سندنه حضرت ابراهیم سند
علیهما السلام آرزو آئی پوره کرنه بنهی بابت سپدن حضور علیه
السلام منهنجه خواهش پوره - قرآن شریف منهن جهو آهن
لَقَدْ اُوْتِیْتَ سُؤْلَكَ یَا مُوْسیٰ - اے حضرت موسیٰ ع
تونهه آئی ڏنه تهنجه مراد نه تهنجه مطلوب - لفظ سؤل جهو بیس
آیه اندره اخذ آمنت کره نه - حضرت موسیٰ اس نه حضرت
ابراهیمس علیهما السلام یم دعا قبول آئی کرنه تمکو تفصیل جهو
تفسیرن اندر -

بینت جهو سوال بیده سیدان که تشبیه جهو بده چیزه سینت
دنه یوان بنهه بابت مثلاً مرد بهادرس شیرس سینت جهو یوان تشبیه

دِنہ - کیازِ شجاعت چھہ شیرس منز زیادہ - چونکہ حضور علیہ
السّلامن ہند درجہ چھُو سارنی پیغمبرن ہندہ خوتہ تھد - مگر
یہ سبت چھُو معلوم سپدان کہ حضرتِ ابراہیم و حضرت موسیٰ
سندوی مرتبہ چھُو بلند - کیازِ التجا چھُو کرنہ یوان کہ حضور
علیہ السلامن ہُند آرزو تہ سپدن تیتھے یاپتھ عطا -
جواب چھُو دِنہ یوان کہ یہ چھُو نہ ضروری کہ مُشبّہ بہٖ
دیس سبت تشبیہ دِنہ ییہ) گژھہ آسُن از کردٔ مُشَبَّہ
یمس تشبیہ دِنہ ییہ پرٕتھ وجہہ تھُد - کیازِ گُونہ چھُو
تشبیہ یوان دِنہ یمہ غرضہ خبطرٕ کہ تیتھو مضمون ذہن نشین
سپدِ - ات اندر چھُو ضروری کہ مُشبّہ بہٖ گژھہ مشہور
آسُن مُشَبَّہہ سندہ خوتہ - افضل آسُن چھُو نہ ضروری -
حضرتِ موسیٰ علیہ السلامس بیٹ آسو درود سوزُن یہودن
نِشہ مشہور - حضرت ابراہیمس بیٹ درود سوزُن آسو بام
برونٹھمن دینن اندر مشہور - تشبیہ آو امی خبطرٕ دِنہ تیتھو
حضور علیہ السلامن بیٹ درود سوزُن لوکن ذہن نشین
سپدِ امہ خبطرٕ سپز حضرت موسیٰ آسز نہ حضرت ابراہیمہ

سنز ذکر۔ لہذا سپدنہ امہ سبب لازم بہند فضل آسُن حضرتن پیٹھ صلی اللہ علیہ وسلم۔ آسانس آو تشبیہ دِنہ سہٰ ہس سیٹھ یمہ کن کہ سہہ چھو شجاعتس اندر مشہور۔ نہ کہ اسانس پیٹھ چھس فضیلت۔ کانہہ پادشاہ چھو ینیس درباریس جاگیر دوان۔ وزیر چھو پادشاہس درخواست کران کہ یتھہ پاٹھہ امِس جاگیر دِتھو متہ دِنہ۔ یہ تشبیہ چھو صرف جاگیر دِنسی منز یوت۔ نہ اینکہ امہ سیتی چھہ دربانہ سنز فضیلت وزیرس پیٹھ ثابت سپدان۔

اللّٰھُمَّ اجْعَلْہُ مِنْ اَکْرَمِ عِبَادِکَ عَلَیْکَ رُتْبَۃً وَمِنْ اَرْفَعِھِمْ عِنْدَکَ دَرَجَۃً وَاَعْظَمِھِمْ خَطَرًا وَاَمْکَنِھِمْ عِنْدَکَ شَفَاعَۃً۔ یا اللّٰہ حضور علیہ الصّلوٰۃ والسّلام کرک باعتبار رُتبہٗ قرب معزّز و مکرّم تریِن تہ باعتبار درجۂ نبوّت ینٛز بلند ترین۔ باعتبار قدر و منزلت ینٛز بزرگ ترین۔ باعتبار شفاعت ینٛز توانا ترین تہ قادر ترین بندن اندر شامل۔

(اکرم) بزرگ ترین (عباد) عبدک جمع بندہ (علیک)

بمعنی للدبک پانس نش (درتبة) اڈن سخن اندر چھو
شرفا۔ بزرگی۔ برتری۔ درجہ۔ مرتبہ (ارفع) بلندتر
مراد شان وشوکت (اعظم) بزرگتر (خطرا) قدرو
منزلت (امکن) قادرترین۔ ثابت قدم۔ قوی ہمّت
طاقتور۔ (شفاعة) طلب بخشایش۔ حدیث شریفس منز
چھو آمُت بلہ قیامتکُ دوہ لوک میدان محشرس منز جمع
سپدن گرمی تہ تپش آسہ سخت۔ لوک ین شفاعتہٕ خبطرہ
گوڈنی حضرت آدم علیہ السلامس نش عرض کرن۔ تُہند
رُتبہ چھُو بلند۔ تُوہِ کرُوہ خدای تعالی اَکِ پننہ دست قدرتہ
سیت پیدہ۔ تُوہِ اندر ترا وُن پنن روح۔ ملائکن کرُن
حکم تُوہِ سجدہ کرنکُ۔ از کرِ پوسانہِ خبطرہ شفاعت۔ تم
کرن پننہِ لغزشہِ یاد۔ دین بو تُہوس نہ اتھ قابل۔ تمہِ پتہ
گژھن لوکھ نوبت نوبت حضرت نوح ع نشہ۔ حضرت ابراہیمس
نشہ۔ حضرت موسی اَس نشہ۔ حضرت عیسی اَس نشہ۔ یِہ تھہ
اکھاہ کرِ پنن خطا یاد تہ عُذر کرن پیش۔ شفاعتک جُرأت
کرن نہ۔ آخرس ین حضور علیہ السلامن ہندس خدمتس اندر

عرض کرن خدای تعالی اَن چھہ توہہِ گوڈ نِک تہِ تِم سہو یاین
عفو کرمت ۔ بہ زیٖنہٕ خاص چھوِ توہی بوٗزِتھ ۔ توٚہ کریو
سانہِ خٲطرٕ شفاعت ۔ حضرت صلی اللہ علیہ وسلم کرن
اللہ تعالی سندہ اذنہٕ شفاعتہٕ خٲطرٕ سر بسجدہ ۔ بڑٕ کال
روزن سجدس اندر ۔ ارشادِ باری سپدہ تُلِیو سر مبارک
تُھند ۔ بہ طلب کرِیو تہِ یِیہ دِنہٕ ۔ بہ وَنیو تہِ یِیہ قبول کرنہٕ
یمس شفاعت کرِیو سہ یِیہ منظور کرنہٕ ۔ حضور صلی اللہ علیہ
وسلّم کرن سارنی شفاعت ۔ کانہہ فرد مِنھاہ روزنہٕ
دوزخس اندر ۔ یہوی گو شفاعتِ کُبریٰ ۔ امہ سیٖتؠ گِژھو
یِیہ شانِ محمدی صلی اللہ علیہ وسلم روشن سپدان ۔ سبحان اللہ

نماند بعصیان کسے در گرو      کہ دارد چنین سیدے پیشرو

اَللّٰھُمَّ عَظِّمْ بُرْھَانَہٗ وَاَفْلِجْ حُجَّتَہٗ وَاَبْلِغْہُ مَاْمُوْلَہٗ
فِیْ اَھْلِ بَیْتِہٖ وَذُرِّیَّتِہٖ ۔ یا اللہ بلند کر حضور
علیہ السلام من ہند دلیلِ رسالت و نبوت ۔ بیہ کر تہند
حجت دشمنن پٮ۪ٹھ غالب تہٕ روشن ۔ بیہ واتناوُک تم
تمن مقصدس تہٕ مطلبس یُس تمن بنہٕ بنن اہل بیتن تہٕ

اولادن ہنده خیطره چهو۔

دعظیم، چهو صبغۂ امر بزرگ کر دبرہان، دلیل مراد چهو قرآن شریف دافلح، افلاح جک امر۔ فلح گو مطلبس پٹھ کامیاب سپدن اِفلاح غالب کرُن، تقویت دُن۔ اڈِن نُسخن اندر چهو دا ابلج، بأ موحّده سبت بجای فا۔ ابلاج گو واضح کرُن۔ روشن کرن دبجنہ گبہ دلیل مراد معجزان دا بلغ، ابلاغہ نش یعنی واتناوُن دمامُول، مقصد مطلب مراد داهل بیت، گهرک باژ دنزنیہ، اولاد۔

وارباه قول چهِ ات اندر۔ اَکھ قول چهو اهلِ بیت گے ازواج مُطهّران۔ بیاک قول چهو ازواج مطهرات اولاد بہت۔ بیاک قول چهو اہل بیتو اندره چهه مُراد اہل عبا دچادره وال ٤ یم گے حضرت علی مرتضیٰ۔ حضرت فاطمۃ الزہراؓ۔ حضرت امام حسنؓ۔ حضرت امام حسینؓ رضوان اللہ علیہم اجمعین۔ بیاک قول چهو که اہل بیت گے تمام گهرک کنبہ ازواج مطهرات۔ اولاد۔ خادم۔ بظاہر چهو ابزه حضور علیه السلام من ہندیں دولتخانس اندریم روزان آس تم گے

اہل بیت قریبی آسن یا خادم ۔ حضور علیہ الصلوٰۃ والسلام
آسن بنین اہل بیتن نہ اولادن ہندہ خیطرہ نژبهان زہد ۔
ورع ۔ تقویٰ ۔ تطہیر ۔ یہ خواہش کر اللہ تعالیٰ ان پورہ ۔

اَللّٰھُمَّ اَتْبِعْہُ مِنْ ذُرِّیَّتِہٖ وَاُمَّتِہٖ مَا تُقِرُّ بِہٖ عَیْنَہٗ
وَاجْزِہٖ عَنَّا خَیْرَ مَا جَزَیْتَ نَبِیًّا عَنْ اُمَّتِہٖ
وَاجْزِ الْاَنْبِیَاءَ کُلَّھُمْ خَیْرًا ۔ یا اللہ حضور علیہ
السلام ہندہ اینده نسلہ اندرہ تہ امتہ اندرہ کر کینہ
صالح تہ سنتس پیروی کرن وال پیدہ یہند یو اعمالِ حسنو
سیتْ تہند چشمانِ مبارکن ٹھنڈک تہ آرام پیدہ روشن
و نورانی بنن (اچھن ہند ٹھنڈک تہ روشنائی چھ دِلکہ سرور کنہ
خوشیہ ہند علامت) بیہ دِکھ سانہ طرفہ بہترین جزاء
ینھہ پاٹھ بہ ونھمن پیغمبرن دِنت پننہ پننہ مُتکہ طرفہ
بیہ کر عطا سارنی پیغمبرن بہترین جزا ۔

(اتبع) چھو صیغۂ امرِ اتباعہ اندرہ ۔ تابعداری کرن ۔ ینہ
ینہ پکن ۔ لاحق کرن ۔ (ذریتہ) اولاد ۔ امت ۔ جماعت
(تُقِرُّ بہٖ عینہٗ) تقر کس نبس پیش ۔ قافس زبر پت

گوٚ عَینَہٗ' منصوب پرُن یعنی نونس زبر پرُن مفعول
آسنہ موکھہ - نتہ گوٚ تَفَرَّ ٗ نیس زبر پرِت قافس زبر یا زیر
پرِتھ عَینُہٗ مرفوع پرُن یعنی نونس پیش پرُن فاعِل
آسنہ موکھہ دوشوی صورژ چھہ جائز - قرۃ العین گوٚ
اچھن ہنْد آرام ایچھن ہنْز روشنی (اجز) جزا دِہ -
خیبرن بہترین - بر وٚٹھمن پیغمبرن ہندہ امنہ اندرہ
بسُ ہدایتس پتھ پوان اوس سو اوس تِمنس پیغمبرس سنز
شُکری اداکران - خدای تعالیٰ اَس منگان کہ یا اللہ سانِس
پیغمبرس دِہ جزای نیک کہ تم ہاوِ سہ راہِ راست - جانِ
حکمن ہنز کرن خبر سے حقیقت چھہ تِمنس بیان آمژ کرنہ
رسالت چھہ اکھ نعمت اکھ یکہ ذریعہ انسان ایمان
انان چھہو - گمراہی نش نجات لبان چھہو - پس اتھ نعمتس پٹھ
شُکر کرُن چھہو واجب ع

میکنم شکر ابن اجلّ نعم — کہ مراکرد حق ز خیر امم

بسندہ سبب بہ نعمت عطا کنز نمندہ خبطرہ چھہو طلبِ
خبر کرُن فرض -

اَللّٰهُمَّ صَلِّ وَسَلِّمْ عَلٰی سَیِّدِنَا مُحَمَّدٍ

عَدَدَ مَاشَاهَدَتْهُ الْاَبْصَارُ وَسَمِعَتْهُ الْاٰذَانُ

یا اللّٰہ حضور علیہ السّلام من پیٹھ سوزتھ تِمن چیزن ہندِ شمارہ
رحمت یم چیز اچھو وچھ تہ کنو بوز۔

(سید) سردار (عدد) شمار (مشاهده) گووچھُن
(ابصار) جمع بصر اچھ (سمع) گو بوزُن (اذان) جمع
اُذن۔ کَنْ۔

بوزنک چیزن تہ وچھنک چیز یم چھِہ تِم چھِہ لاتعداد تہ غیر محصور
لہذا بسہ رحمت حضرتن ہندِ خاطرہ طلب آبہ کرہ نہ سہ چھِہ
شمارہ بر۔ بمکو نہا تِتھے چھُو نہ متصوّر۔

وَصَلِّ وَسَلِّمْ عَلَیْهِ عَدَدَ مَنْ صَلّٰی عَلَیْهِ

وَصَلِّ وَسَلِّمْ عَلَیْهِ عَدَدَ مَنْ لَّمْ یُصَلِّ عَلَیْهِ

بیہ سوزتھ پیٹھ درود وسلام درود پرن والین ہندِ
شمارہ تہ نہ پرن والین ہندِ شمارہ۔

عربی زبانِ اندر یا بین زبان اندر چھُو یہ قاعدہ کہ بیتِ کونہ
چیزکہ کُلّک تہ بمانک احاطہ مطلب آسہ تِتن چھِہ بوان

دون متقابل چیزن ہنز ذکر کرنہ خواہ سو مقابلہ نفی و اثبات
آسنن چنانچہ انسان تہ لا انسان۔ حیوان تہ
لا حیوان۔ خواہ مقابلہ عرفی آسنن۔ چنانچہ زمین تہ
آسمان مثلاً اللہ بدیع السمٰوٰتِ والارض آسمان و
زمینچ آیہ مقابلہ ذکر کرنہ تاہن کہ اکہ کائناتک کُلّی احاطہ
سپدہ۔ خدای تعالٰی سُند خالق آسُن آسمان و زمینک چھیہ
بیلہ پرج دلیل کہ سو چھُو پریتھ کُونہ چیزک خالق بعض جاین
چھُو مقابلہ نفی و اثبات آسان نتہ چھیہ وتان مقابلہ ایجاب و
سلبس تہ اندرہ نہ چھیہ مراد آسان کُل افراد۔ یتھہ پاٹھہ یتھہ
درودس اندر چھُو ۔ انسانس چھُو دون جماعتن اندر تقسیم
بوان کرنہ۔ اکھ گیہ سہ جماعت من صلّی علیہ یمو حضور علیہ
السلام من ہیٹ درود سوز۔ بیاکھ گیہ جماعت من لم یصل
علیہ یمو نہ درود سوز۔ گویا عالم سپدہ گھر تہ یتھہ قیامتس
تان چھنہ تمام جن و انس دو یو صورتو نش خالی۔ یا چھُو تمو
درود پرمُت۔ یا چھُو کینہ پرمُت۔ امہ مجموعک شمار چھُو
لامتناہی۔ لاتعداد یتھہ نہ حدی چھُو۔

حضور علیہ السلامن ہپٹ بیہ طرفیہ درود سوزنس اندر چھو
اک نکتہ کہ تیتھہ پاٹھ پرت انسانس حضرتن ہپٹ ایمان انن
فرض چھو تیتھے پاٹھ چھو درود سوزن لازم۔ پس یُس بیہ فرضہ
نش غافل چھو تسندہ طرفہ تہ آو درود سوزنہ نہ فرض صلوا
علیہ وسلموا تسلیما سپد سارنی ہندہ طرفہ ادا۔

وَصَلِّ وَسَلِّمْ عَلَيْهِ كَمَا تُحِبُّ وَتَرْضَى أَنْ تُصَلِّي
عَلَيْهِ۔ بیہ سوز درود وسلام حضرتن ہپٹ صلی اللہ علیہ وسلم
یُونہ زِہ یژھک بیہ سبب تہ راضی سپدک یتھہ اندر
چانہ خوشنودی آسہ۔

(حُب)، گیہ دوستی (رضاء)، خوشنودی (تحب و
ترضی)، چھو بصیغۂ خطاب۔ قرآن شریفس اندر چھو
صلوا علیہ وسلموا تسلیما۔ حضور علیہ السلامن ہپٹ
سوزیو درود وسلام اِنَّ اللہَ وَمَلٰئِكَتَہٗ يُصَلُّوْنَ
عَلَى النَّبِیِّ۔ انسان تہ چھہ حضور علیہ السلامن ہپٹ
درود سوزان۔ خدای تعالیٰ تہِ۔ ملائک تہِ۔
انسان چھو درود سوز نکہ حقیقتہ نش قاصر یمنش چھو نہ معلوم کہ

کنھہ شمارس اندر کمہ وفتہ - کنھہ حالس منز کمن لفظن اندر چھو
درود سوزُن زیادہ تر باعث خوشنودی خدای تعالی سپدان
امہ خبطرہ چھو اتھ اندر اظہار عجز - یا اللہ ینتھہ پاٹھہ لازم چھو
تتھہ پاٹھہ چھو نہ سانہ طرفہ درود سوزنک فرض ادا
سپدان - ون چھہ اِمِس زئ الٹجا کران کہ حضور علیہ السلامن پیٹھ
سوز باعتبار شمار - باعتبار الفاظ ومعانی - باعتبار پاکی بدن
پاکی لباس - باعتبار توجہ قلب - باعتبار ادب سانہ طرفہ سو
درود ییُں ژہ نش بہتر تہ افضل چھو -

وَصَلِّ وَسَلِّمْ عَلَیْہِ کَمَا اَمَرْتَنَا اَنْ نُصَلِّیْ عَلَیْہِ

وَصَلِّ وَسَلِّمْ عَلَیْہِ کَمَا یَنْبَغِیْ اَنْ یُّصَلّٰی عَلَیْہِ

بیہ سوز حضور علیہ السلامن پیٹھ درود وسلام تتھہ پاٹھہ
ینتھہ پاٹھہ ژہ اسہ درود سوزنک حکم چھوٗت فرماوُمُت بیہ سوز
تمہ طریقہ یا تمہ تعداد درود وسلام تمن پیٹھ یمہ طریقہ لازم چھو
تمن پیٹھ درود وسلام سوزان - ینتھہ اندر چھو اظہار عجز یعنی
یا اللہ چانہ حکمُک تعمیل سپُدن دربارہ صلوٰۃ علی النبی حضرتن
پیٹھ درود سوزنہ خبطرہ ینتھہ پاٹھہ ینتھہ پاٹھہ سوٗ یہ چھو اسہ نش

ناممکن - تہٕ سوزینہٕ حکمہٕ کہٕ منشاءہٕ مطابق بہٕ حقّ اداد و مکل

آسہِ منِ بِٹ درود - نہٕ چھہٕ اس حقیقت محمدیس بِٹ

آگاہ ہکان سپدِت - نہٕ چھہٕ حق صلوٰۃ ادا ہکان کرِت

حدیث شریف اندر چھو منت کہٕ اکہ دوہہ آو حضور علیہ السلامن

ہندس خدمتس اندر اک شخصاہ اک - حضرتو صلی اللہ علیہ وسلم

دِ تہٕ امس شخص خلاف عادت بانش نہٕ حضرت ابو بکر

صدیقس منز باگ جای لوکن سپُد تعجّب - بلہٕ ون سو دراونہٕ

حضرتو فرماو یہ شخص چھو یمو لفظو سیت مےٚ بِٹ درود سوزان

اَللّٰھُمَّ صَلِّ وَسَلِّمْ كَمَا اَمَرْتَنَا اَنْ نُصَلِّيَ عَلَيْهِ وَصَلِّ

وَسَلِّمْ كَمَا يَنْبَغِيْ اَنْ نُصَلِّيَ عَلَيْهِ وَصَلِّ وَسَلِّمْ

كَمَا تُحِبُّ وَتَرْضٰى اَنْ يُصَلّٰى عَلَيْهِ یم الفاظ چھہٕ

خدای تعالیٰ اس ٹاٹھ - بسُ جیر خدای تعالیٰ اس ٹاٹھو

سو چھو نسندس محبوبس نہٕ ٹوٹھ - امہٕ سببہٕ چھو امس شخصہٕ سُند

رُتبہٕ خدایس نہٕ نسندس رسولس نش بڈ -

باگو یہ معنی کہٕ ینھہٕ باٹھ تہٕ اسہٕ درود سوزنک حکم چھوت

کرمُت - ایس نہٕ چھہٕ تہٕ بس التجا کران کہٕ تہٕ نہٕ سوز درود

نتھے پاٹھ ۔ تیتھہ اندر کوتاہ اظہار محبّت نہ ارادت نہ
شوق چھو ۔ یہ چھہ عجیب طریقہ حضرتن پیٹھ درود پرنُچ ۔

اَللّٰهُمَّ صَلِّ وَسَلِّمْ عَلَيْهِ وَعَلٰى اٰلِهٖ عَدَدَ
نَعْمَآءِ اللّٰهِ وَاَفْضَالِهٖ اَڈن نُسخن اندر چھو
نَعْمَآءِ اللّٰهِ تَعَالٰى (نعماء، چھو نعمتُک جمع دا افضال،
چھو مصدر یعنی احسان + ترجمہ گو یا اللّٰہ یوٚت
چانِ نعمتن تہ احسانن ہُند تعداد چھو تیوٚت سوز حضور
علیہ السّلامن پیٹھ درود وسلام بیہ تہندن اولادن پیٹھ
چونکہ خدای تعالیٰ سنزہ نعمژ تہ تمنزا احسان چھہ لاتعداد
تہ غیر محصور ومحدود ۔ لہٰذا چھو مراد امہ اندرہ لاتعداد درود

اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلَيْهِ وَعَلٰى اٰلِهٖ وَاَصْحَابِهٖ وَاَوْلَادِهٖ
وَاَزْوَاجِهٖ وَذُرِّيَّاتِهٖ وَاَهْلِ بَيْتِهٖ وَعِتْرَتِهٖ
وَعَشِيْرَتِهٖ وَاَصْهَارِهٖ وَاَخْتَانِهٖ وَاَحْبَابِهٖ وَ
اَتْبَاعِهٖ وَاَشْيَاعِهٖ وَاَنْصَارِهٖ ۔ یا اللّٰہ درود سوز
حضور علیہ الصّلوٰۃ والسّلامن پیٹھ بیہ تہندن آلن اصحٰبن
فرزندن ۔ ازواج طاہراتن ۔ نسلس ۔ زاتن اندر چھہ

بچون ہندا ولادنہ کورن ہندا ولادنہ شامِل ، ببہ گھرس منز
روزن والن - قریبی رشتہ دارن - بھابن سندن - خسرن -
دامادن - دوستانِ مخلصن - فرمابردارن نہ تابعینِ سُنّتن -
رفیقن - مددگارن ہٹ -
د آل ، اتھ لفظس اندر چھہ سارِی اہلِ بیت - خادم - غلام شامل
د اصحاب ، جمع صاحب - صحابہ گئے تِم یم حضور علیہ الصلوٰۃ و
السلام من ہندہ صحبتہ سِتّ یا زیارتہ ستّ مشرف سپدِ نہ ایمان
انکُ د اولاد ، جمع ولد - اتھ اندر چھہ بچونہِ تہ کورہ نہِ شامل
د ازواج ، جمع زوج - مردس زنانہ دوشونِ ہٹ اطلاق
یوان کرہ یعنی جفت جورہ ، مراد ازواج طاہرات د ذریتہ ،
نسل - ات منز چھہ بچون تہ کورن ہندا ولادنہ شامل د اہل بیت ،
کُنبہ - ات اندر چھہ اولاد - ازواج - خدّام محلہ نہ شامل د عترت ،
لوکِٹ اولاد - قریبی رشتہ دار د عشیرہ ، بھائی بند - مراد
قبیلہ - برادری ہند لوک - یتھ اندر اصول و فروع تہند شامل چھ
د اصہار ، جمع صہر - یعنی زنانہ ہند مول - ببہ یم ہنندہ
طرفہ آشنا آسن - خاوندہ سُند مول - ببہ یم ہنندہ طرفہ

آشنا آسن (اختان، جمع ختن داماد (احباب، جمع
حبیب - دوست - انھا ندر جھیہ تم ساری محب شامل
ہم حضرت سبت صلی اللہ علیہ وسلم محبت بھوان آسن مراد
دوستان مخلص (اتباع، جمع تابع - فرمانبردار سنت
نبویس پٹ پکن وال. (اشیاع، جمع شیعہ یعنی جماعت
مراد رفیق ہم حضرت سبت گے - کافرن سبت کر گک جنگ -
(انصار، جمع نصیر - ناصر (مددگار - یاور) یو حضرت
سبت ہجرت کر -

## خزنۃ اسرارہ ومعادن انوارہ کنوز
## الحقائق وھداۃ الخلائق ونجوم الاھتداء
## لمن اقتدیٰ -

تہندن سرن ہند نگہبان - تہندن نورن ہند معادن - کانہ
(ییرن جایہ) حقیقتن ہند خزانہ - لوکن ہند رہنما - ہدایتک
تارک - یمن ہندہ خبطرہ یم تہنز پیروی کرن -
(خزنہ) گو جمع خازن - خزانچی - نگہبان - (اسرار) جمع سِر
راز (معادن) جمع معدن (کان) (کنوز) جمع کنز (خزانہ

(حقائق) جمع حقيقت (هُداة) جمع هادي - ينهه باٽه

قُضاة جيهو جمع قاضي (نجوم) جمع نجم - ستاره (اهتداء)

هدايت لبڻ - ونه پٽهه ڀڻُ (اقتداء) پيروي کرڻ - قدم

بقدم ہکڻ - يعني هم تمام حضرات آل واصحاب وغيره

حضرتن هندن قرآني سرّن مهند راهه کرڻ وال - کلمات

طيبانن هند کانه - معرفتکن حقيقتن مهند خزانه - تمام

مخلوقاتن هند رهبر - بسُ بمن لسن هدايت حاصل کره

تمسترِه رهنمائي خبطره پهه ستاره - يتهه باٽه ستارن هنده

ذريعه مسافر ونه پکان چهه نه ڊلان چهنه - يتهے باٽه چهه

يهنده پته بکنه سيت صد افتکس منزلس واتان - حديث

شريف جيهو أَصْحَابِي كَالنُّجُومِ بِأَيِّهِمُ اقْتَدَيْتُمْ اهْتَدَيْتُمْ

ميان اصحاب جهه تارک هيوبند موئنره اقتدا کريه

راه راست لبو -

---

وَسَلِّمْ تَسْلِيْمًا كَثِيرًا دَائِمًا أَبَدًا - ببه سونهين

يٺ سٺا سلامه هميشه -

(تسليم) سلامتي - مراد جهه جسماني نه روحاني نه صوري نه

معنوی سلامتی دکثیرا، سنٹهاه دائم، همیشه دابدا،
هجهنه اندی جهو۔

وَارْضَ عَنْ كُلِّ الصَّحَابَةِ رِضًى سَرْمَدًا ٭ ۽ بيہ روز
سارنی صحابه صبن نش همیشه راضی۔

دارض، جهو صیغه امر۔ راضی ره وز درضی، خوشنودی۔
اسم مصدر دسرمدا، همیشه نهنه اندی آسه۔

عَدَدَ خَلْقِكَ وَزِنَةَ عَرْشِكَ وَرِضَى
نَفْسِكَ وَمِدَادَ كَلِمَاتِكَ ۔ بینن مخلوقاتن
هننده شماره۔ بینه عرشکه وزنه۔ بینه ذاتجه رضامندی
برابر۔ بنن کلمات لکهیجه مبله برابر۔

دعدد، شمار دخلق، پیدایش دزنة، وزن درضی،
خوشنودی دنفس، ذات دمداد، مقدار۔ گنتی
اندرجهو سیدان لفظ عدد استعمال۔ مقدارس اندرجهو
سیدان لفظ مداد استعمال۔

كُلَّمَا ذَكَرَكَ الذَّاكِرُ وَكُلَّمَا سَهَى عَنْ ذِكْرِكَ غَافِلٌ
بتو تامت دنیاس اندر یا دکرن ژه یادکرن وال

مشراون ته مشراون والِ ۔ دنیاہس اندر چھنہ ہی صورت
یا کرن لوک خدایہ سُند یاد ۔ یا روزن غافل ۔ بس چھو مرادمہ
اندرہ دوام ۔

(ذکر) گویا ذکرُن (ذاکِر) چھو اسمِ فاعل یا ذکرن والو ۔
(سہو) سہوہ نشہ ۔ سہو گو مشراوُن (غافل) سُنت بیخبر
ون چھہ یوان درود چ تعریف کرنہ :۔

صَلوٰۃً تکُونُ لَكَ رِضَاءً وَلِحَقِّہٖ اَدَاءً وَّلَنَا
صَلَاحًا ۔ تتھو درود و رحمت یس باعث آسہ چانہ
خوشنودیہ ہُند تہ بیتہ اندر ادایگی آسہ حضور علیہ السلام ہُندہ حقچ
بس سبب آسہ سانہ نیکیہ ہُند ۔

بیتہ فقرس اندر چھہ درودچ پریتہ کانہہ نوعیتھاہ عجیب طریقہ سیتؔ
بیان آمژ کرنہ ۔ ساری خوتہ چھہ بہتر خدای تعالیٰ سند رضامندی
کیازہ انسان ییہ نیک کومہ کران چھو تتہ منز چھو رضای الٰہی
مطلوب آسان ۔ رضای الٰہی چھو تُل حاصل سپدان یلہ سہ عمل
قبول آسہ یس چھو اسند عنایت تہ قسمہ درودس تزیک حضرتن
پٹھ بیتہ اندر رضای الٰہی حاصل آسہ ۔ حضور علیہ الصلوٰۃ

و السّلامَن ہند جہوا سِہ ہِٹ خن کہ اس سوزو تمن ہِٹ باخلاصِ
دل نہ طہارت بدن درود ۔ ہتھوی درود جہو باعثِ رضای
الٰہی ۔ ہہوی کرہ حق فرضیتّس ادا ۔ امی سبنٹ ہکِہ اسِہ
صلاح و فلاح و رستگاری سِبدت ۔

وَآتِهِ الْوَسِيلَةَ وَالْفَضِيلَةَ وَالدَّرَجَةَ الْعَالِيَةَ
الرَّفِيعَةَ وَابْعَثْهُ الْمَقَامَ الْمَحْمُودَ وَاللِّوَاءَ
الْمَعْقُودَ وَالْحَوْضَ الْمَوْرُودَ ۔ یا اللہ حضرت
آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم کرعطا مقام وسیلہ ۔ مقام فضیلہ
ہبہ درجہ بلند و رفیع ۔ ہبہ کرک نم فائز نہ وا تنا وُک مقام
محمود س ۔ لواء معقود س ۔ ہبہ حوض کوثر س ۔

(آت) جہو صیغہ ءِ امر یعنی عطاکر (وسیلہ) ذریعہ ۔ واسطہ
قربِ الٰہیہ کہ ذریعہ جای (فضیلہ) بزرگی ۔ ہہ نِہ جہو
قربِ الٰہیچہ جا ہہ ہندُنا و (الدرجۃ العالیۃ الرفیعۃ)
مرتبہ عالیشان ۔ مقام قربِ الٰہیک نا و (بعث) گو سوزنٹ ۔
وا تنا وُن (مقام محمود) مقام قربِ الٰہیک نا و ۔ یا
شفاعت کُبرا ءِ ک (لواء) علم ۔ نوجہ نہ لشکرہ ہندُ نشان ۔

(معقود) اسم مفعول عقدُ کُ مراد پرچم - وا وہ مال - بیسہ علمہ ہنزہ تالہ ہٹھ گنڈنہ جیہہ یوان - یا چھو معقودہ اندرہ مراد علم مخصوص - یسہ حضور علیہ السلام ہندہ نا وہ گنڈنہ جیہہ آمژ - یسہ ہمن روز قیامت دنہ ییہ - آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلّم تُن قیامتک دوہ لواء الحمد (علم شفاعت) ساری پیغمبر یکن ہینہ ہنہ - (حوض) گو تلاو - چشمہ مراد چھو چشمۂ کوثر (مورود) ورودُک اسم مفعول - سہ جای ییتہ لوک جمع آسن - گھاٹس ہیٹھ ترنیش چینہ گژھن ییہ وشُن - حضرتن صلی اللہ علیہ وسلّم ین ترٛشوی مقامات عطا کرنہ:- مقامِ محمود - مقام لواء المعقود - مقام حوض کوثر -

وَصَلِّ یَا رَبِّ عَلٰی جَمِیْعِ اِخْوَانِهٖ مِنَ الْاَنْبِیَاءِ

وَالْمُرْسَلِیْنَ وَالْاَوْلِیَاءِ وَالصَّالِحِیْنَ وَمَلٰئِکَتِکَ

اَلْمُقَرَّبِیْنَ - بیہ سوز یا اللہ رحمت تہندن ساری برادرن پیٹھ - تمہ گے انبیاء - مرسلین - اولیاء اللہ - نیکوکار بندہ - مقربین درگاہ الٰہی - ملائکہ - شہداء - صدیقین - (اخوان) چھو جمع اخ - بھائی (انبیاء) جمع نبی - خبر دنہ والو

(مُرسلين)، جمع مرسل - پيغمبري سوڻ نہ آهن (اولياءِ)
جمع ولي - دوست خدا (صالحين)، جمع صالح - نيڪو ڪار -
متقي - فرائض آلهي ادا ڪرڻ والو (ملائڪه)، جمع ملڪ فرشتہ -
(مقرّبين)، جمع مقرّب - خداي تعالى سند قريب - اڏن سخن
اندر جهو آمہ ٿيہ (وَالشُّهَدَآءِ وَالصِّدِّيْقِيْنَ)، (شهداء) جهو
جمع شهيد - ٻم خدا بہ سنڌه وڃڻ اندر زو ڍينو (صدّيقين)،
جمع صديق - پڙ زياده پڙهڪرڻ والو - ٻم حضرتن هندس
رسالت ونبوتس بيٽ بلا تامّل وچون وچرا ايمان انُ نہ
تصديق ڪر -

وَعَلٰى سَيِّدِنَا الشَّيْخِ مُحْيِ الدِّيْنِ أَبِيْ مُحَمَّدِ نِ
السَّيِّدِ عَبْدِ الْقَادِرِ الْجِيْلَانِيِّ الْمَكِّيْنِ الْأَمِيْنِ
صَلَوَاتُ اللهِ وَسَلَامُهُ عَلَيْهِمْ أَجْمَعِيْنَ

يا الله بيہ سوڻ درود وسلام نہ تعيّن سائنس سرداس حضرت
شيخ محي الدين سيد عبد القادر جيلانيس بيٽ يم صاحب مرتبہ جهہ
صاحب جاه وحشمت جهہ - ايمن اسرار آلهي جهيہ - خداي تعالى
سنزه رحمت بيہ سلامہ آسن ٻمن ساري مذكورين بيٽ نازل

* درخاندان ما بعد خواندن وعلى جميع اخوانه من الانبياء والمرسلين فقره وعلى سيدنا الشيخ الخ خواندن معمول واجازت هست + مؤلف

فقرهٔ صلوات الله وسلامه عليهم ڇهو يا جملهٔ دعائيه
با صفت حضرات مذکورين هئنڊ -
ذالمکين، صاحب التمکين، حشمت والو - (الامين) خدا جي
سڌن سرن هئنڊ امانتدار - گوڏ نکو اسم مبارک آهي سيد
عبدالقادر - نوه بينه بله زنده کرڪ سنت اسلام بنياي محي الدين
به جملهٔ ڇهو بينه درود کبريت احمر جي سبب ملحق ڪرڻ
حضرت شيخ عبدالحق محدث دهلوي رحمة الله عليه - جناب
حضرت محبوب سبحاني سند نام نامي رحمته خبطره خاص ڪري
رمله نا وهن بس ون جز وڇهو - تنهن کبريت احمر ڪ -
چونکه هنڊ رتبه ڇهو از ڪرده اوليا - صلحاء - شهداء - صديقين -
بڏ ته ٿهڊ - بيو ڇهو ته درود ڪمال فصاحت و بلاغت سان تاليف
ڪرڻ - لهذا آسو حق ولازم هيڊ نام نامي طلب رحمته خبطره
شامل ڪرن - به الحاق ڇهو نهايت مرغوب ته پسنديده -

اللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰى سَيِّدِنَا مُحَمَّدِنِ السَّابِقِ لِلْخَلْقِ
نُوْرُهُ الرَّحْمَةِ لِلْعَالَمِيْنَ ظُهُوْرُهُ عَدَدَ مَنْ مَضٰى
مِنْ خَلْقِكَ وَمَنْ بَقِيَ وَمَنْ سَعِدَ مِنْهُمْ وَمَنْ شَقِيَ

یا اللہ درود سوز بانس سردارس حضرت محمدس پیٹھ یہند
نور ساری مخلوقاتن برونٹھ چھہ۔ یہند ظہور دنیاہ خاطرہ
رحمت چھو بنن لوکن ہندہ شمارہ یم گے۔ بیہ یم باقی چھہ
بیہ یم نیک بخت چھہ نواندرہ۔ بیہ یم بدبخت چھہ۔
(سابق) برونٹھ گژھن والو (خلق) مخلوقات حضور
علیہ السلام ہند نور چھو ساری دنیاہ برونٹھ پیدا
کرنہ آمت اول ما خلق اللہ نوری۔ حضرت چھہ رحمۃ
للعالمین۔ قرآن شریفس منز چھو وما ارسلناک الا
رحمۃ للعالمین۔ (مضی) صیغۂ ماضی گذریاو۔
(بقی) باقی رُود (سعد) صیغۂ ماضی نیک بخت بنیو۔
(شقی) بدبخت بنیو - یمہ برونٹھ آو یہ مضمون لکھنہ کہ
بنت الفاظ مقابلہ خاطرہ اننہ چھہ یوان تمہ چھہ جمعک تہ گگ
فائدہ دِوان۔ بنت چھو تقابل ایجاب و سلبک۔ مثلاً
مضی چھو ایجاب بقی چھو سلب سعد چھو ایجاب شقی
چھو سلب یہ چھو احاطۂ کلی کران۔ معنی گو ابد الآباد
آسن رحمت نازل۔

صَلوٰةً تَسْتَغْرِقُ الْعَدَّ وَتُحِيْطُ بِالْحَدِّ

يعني درود ختم ڪره شماره ڪئين سارن افرادن ٻيه ڪره گهير

غايتس نه آنتقس - مطلب ڇهو بيشمار نه غير محدود رحمت

ڪٻارن عدّ ڪ نه حدّ ڪ سلسله ڇهو لامتناهي (آنتقه رستوي)

(استغراق) گو احاطه ڪرن - ساري افراد شامل ڪرن -

صَلوٰةً لَا غَايَةَ لَهَا وَلَا انْتِهَاءَ - سو درود ڇيه

نه آسه غايت نه آسه انتها -

(غاية) گو ڪونہ حدّ ڪ پنم خط (انتهاء) بنن ڪانهه عدد

يا حد ختم ڇهو سپدان -

وَلَا أَمَدَ لَهَا وَلَا انْقِضَاءَ - نه هڪه نمڪو اندازه سپدت

نه آسه تنته حدّ و غايت - نه سپدِ زاه ختم - مسلسل روزه

ابد الآباد جاري - امه اندره ڇهو مراد گنتي خونه زياده - حدّه

خونه ڈليت درود - بمکو نه هڪه شمار سپدت - نه آسه تنن حد مقرر

(امد) گو اندازه - ڪونه چيزک نهايت - محاورس اندر ڇيه

ونان (بلغ امدہ) سو وانو پننس نهاينس (انقضاء) گو

ختم سپدن دورن)

صَلٰوتَكَ النَّبِیِّ صَلَّیْتَ عَلَیْهِ صَلٰوۃً مَعْرُوْضَۃً

عَلَیْهِ مَقْبُوْلَۃً لَدَیْهِ ۔ سُوْ درودیسُ ژہ یا نہ نَن نبی اَٹ سوزمُنت چھوت ۔ نِنْھو درودیسُ نَن پِش آسہ کرِنہ اَمُوْنت ۔ بیہ آسِہ نِھنزِہ درگاہ ہہ اندر قبول اَمُوْنت کرہ نہ ۔ قرآن مجیدس اندر چھو اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ خدا نہ نِمسند ملائک چھہ حضرتن نبی اَٹ صلی اللّٰہ علیہ وسلم درود سوزان ۔ حدیث شریفس اندر چھو ان صلٰوتکم معروضۃ علیّ نِھند درود چھو مہ نبی اَٹ گذراو نہ یوان ۔ یہ فقرہٗ درود چھو از آیت و حدیثِ بالا اخذ کرِنہ آمُوْنت ۔

ظاہر چھو کہ خداوندِ تعالیٰ یسُ درود حضور علیہ السّلام نبی اَٹ سوزان چھو سو چھو ہمہ وجوہ مکمّل نہ نِھندس شانس موافق ۔ انسانس چھو نہ یہ طاقت کہ درود سوزنُک حق ہکہ ادا کرِتھ پس آو التجا کرِنہ کہ اے اللّٰہ یسُ درود چانہ طرفہ نَن الفاظن نہ ینھہ طریقس اندر حضور علیہ السّلام نبی اَٹ سوزنہ چھو یوان تِمنی پاکیزہ الفاظن نہ پسندیدہ طریقس اندر سوزژہ سانہ طرفہ نَن نبی اَٹ درود ۔ ینھو اسہ یسُ نہ درودُک حق ادا ہیکنہ

نهٕنزه درگاهه اندر سپیده قبول۔ سو گوِیس باخلاص نه باآداب
سوزنه بیه۔

**صَلٰوةً دَآئِمَةً بِدَوَامِكَ بَاقِيَةً بِبَقَآئِكَ**

لَامُنْتَهٰى لَهَا دُوْنَ عِلْمِكَ۔ سو درود یُس
چانِس دوامس سیت دایم روزه۔ چانِس بقاءس سیت باقی
روزِه تِتھ نه انٛدی آسِه چانه علمه ورای۔ یا چانِس علمس اندر۔
کانٛہہ آسِنه تمکس تعدادس پیٹھ واقف نه خبردار۔
(دائم) ہمیشه (دوام) ہمیشگی (بقاء) جیان (دون)
نزدیک۔ سوا (منتہی) حد۔ غایت۔ خدای تعالیٰ ینٛد
دوام نه جیان چھو ثابت۔ سو چھو ہمیشه زنده۔ تمند علم چھو
محیط تمن چیزن بم سانِه عقله اندر غیر متناہی چھه۔ مطلب چھو
خدای تعالیٰ سندِه غیر متناہی رحمتک سلسله روزن حضور
علیه الصّلوٰة والسّلام من پیٹھ مبذول و مصروف۔
یُس شخص یه درودِ شریف اللّٰهمّ صلِّ علیٰ سیّدنا محمّدِنِ
السّابق للخلق نوره تالغایتِ لامنتهیٰ لها دون
علمک صبح وشام دنٛہ لٹه پره۔ تمس پیٹھ چھو خدای

تعالیٰ سُند رضا واجب سِپدان - سو رودہ خدای فی والجلالہ
سندہ قہرہ نش نہ بلا یو نش محفوظ -
حضرتِ فاطمۃ الزہرا رضی اللہ عنہا نمو آسوندز نھومُت کمہ تان
حلّ مشکلہ خبطرہ اک لچھہ درودیرُن - حضور علیہ السّلام مو فرماوُس
بہ درودیریو دنا ٹہ لٹہ یہ چھو اکسِ لچھس دُرودس برابر -

صَلٰوۃً تُرضِیۡکَ وَتُرضِیۡہٖ وَتَرضٰی بِھَا عَنَّا
سو درود یس رِٹہ خوشنود کرِہ بیہ کرہ حضور علیہ السّلام
خوشنود بیہ سیدک رِٹہ نمہ سبب لہ اضی اَسہ اَنش -
دا رضاء ، گو خوشنود کرُن -

صَلٰوۃً تَمۡلَاُؤ الاَرۡضَ وَالسَّمَاءَ سو درود دیمکو
مقدار پُرکرہ زمیس نہ آسمانس -
( تملاؤ ، ملاؤ دگو پُرکرُن ، ( ارض - سماء ، یم چھہ دو شوی
اسمِ جنس - امہ اندرہ چھو مراد ساری ولایت - تمام آسمان -

صَلٰوۃً تُحَلُّ بِھَا العُقَدُ وَتُفَرَّجُ بِھَا الکُرَبُ
سُو درود یمکہ برکتہ سیت ساری گنڈ مُوژراونہ ین - ساری
مشکلات حل سپدن - ساری تکلیفات نہ مصائب دُور ین کرہ نہ

بہ گو بلہ بصیغہ مجہول پڑنہ بیہ - بصیغہ معروف پڑن نہ چھو درست یعنی «تنحل بھا العقد وتفرج بھا الکرب»
معنی گوسو درود یمہ سبب ژہ گنڈ موژراوک - تکلیفات دورگرک
«حل» انتہ چھہ وارباہ معنی - بنت چھو مطلب کھولن - دور کرن - قرآن شریفس اندر چھو واحلل عقدة من لسانی
میانہ زوہ ہند گنڈ موژراو «عقد» جمع عقدہ - گنڈ
مراد چھو مشکلات دینی و دنیاوی «فرج» کشایش - دور کرن
«کرب» سختیہ - غم - دینی یا دنیائی تکلیفات -

وَیُجْرِیْ بِھَا لُطْفُکَ مِنْ اَمْرِیْ وَ اُمُوْرِ الْمُسْلِمِیْنَ
یمہ درودہ سبب چانو لطف واحسان شامل حال روزہ میانس
کاروبارس خصوصاً بیہ تمام مسلمانن ہندس مقصدس نتہ کاروبارس
عموماً -
«یجری» جری گو جاری آسن - مبذول آسن «لطف» گو مہربانی -
احسان «امر» مقصد - آرزو «امور» جمع امر مقاصد مطالب -
پرنہ کامنہ ہند جزای خیر چھو آسان مقدر نہ مشروط - یس یس
جزای خیرہ درودہ سبب مشروط چھو سو چھو مسلمانن

درود بر نہ سببت عطا پدان - لہذا گو معنی سو درود سوز بیہ سببت اس بنن جزای مقدّر حاصل کرو -

وَبَارِكْ لَنَا عَلَى اللّٰهِ وَاٰلِهٖ بیہ کرا سِہ برکت عطا مال و اولادن اندر ہمیشکہ خیبطرہ -

حدیث ترلفس اندر جہو آمنٹ ئیس شخص حضور علیہ السلام بٹ درود سوزہ نمننزن رثون پیرن نان چہ برکت عطا سیدان -

(برکت) گیہ افزونی مال و دولت (دوام) ہمیشہ مراد قبامتش نان -

وَعَافِنَا وَاهْدِنَا وَاجْعَلْنَا اٰمِنِيْنَ - بیہ بخش اسِہ روحانی و جسمانی امراضونشہ عافیت بیہ وانناو اسِہ ذاتی مطالب و مقاصدن بیہ ھنواسِہ دنیائی نہ عقبائی مہلکا تونشہ محفوظ نہ درامن -

(عافیت) صحّتِ بدن - غمہ نشِہ نجات لبن (ھدایہ) رہنمائی - مقام مطلوبس نان وانناوُن (اٰمِنِیْن) جمع اٰمِن - یئس دنیوی واخروی بیمار یو - حادثو - تکلیفا نونشِہ روزہ محفوظ -

وَيَسِّرْ لَنَا أُمُوْرَنَا مَعَ الرَّاحَةِ لِقُلُوبِنَا وَأَبْدَانِنَا
وَالسَّلَامَةِ وَالْعَافِيَةِ فِيْ دِيْنِنَا وَدُنْيَانَا وَ

أُخْرَتِنَا . يعني يا الله سانه سارے کام وانتاو باسانی انجام جسماني نه روحاني آرامه سان ـ بیه بخش اسه دینن دنیاءِن نه آخرتن اندر عافیت نه سلامتي ـ

دیَسِّرْ، چهو امر یعنی آساني کر ـ سهل کر دامور، جمع امر ـ مقصد ـ کام دراحة، آرام دقلوب، جمع قلب دل دابدان، جمع بدن ـ جسم ـ تن دسلامة، سلامتي دعافية، آرام بدني صحت ـ

یه چهو ظاهر که بعض حالاتن اندر چهه مطلین بیٹ کامیابي سیدان لیکن روحاني تکلیف ـ بدني مشقت چهه لاحق روزان ـ بعضے وقتن اندر چهو مطلب براں ـ مگر دنیگ نه آخرتک نقصان چهو آسان ـ کانهه گنه چهو ظاهر سیدان ـ یا نیک کامیونش چهه محرومي آسان ـ یعني سانن مقصدن هند حاصل سیدن آسن تکلیفو ورای ـ نه جسمک تکلیف ـ نه ایمانک تکلیف

وَثَوَفَّنَا عَلَى الْكِتَابِ وَالسُّنَّةِ ـ دتوفی، روحک

قبض کرُن - یعنی یا اللہ سان خاتمہ کر قرآنس نہ حدیش
بٹ - بیھواں آخری وقتس نان عاہِل روز و بر قرآن و حدیث
نمہ برخلاف یکونہ -

وَاجْمَعْنَا مَعَهُ فِي الْجَنَّةِ مِنْ غَيْرِ عَذَابٍ يَسْبِقُ
وَأَنْتَ رَاضٍ عَنَّا غَيْرَ غَضْبَانَ -

(جمع) یکجا کرُن (معہ) ضمیر چھوان اندر حضور علیہ السلامن
کن (غضبان) قہرناک خشمناک - یعنی یا اللہ جنتس
اندر بھو اسہ حضور علیہ السلامن ہندس خدمتس اندر بغیر انیکہ
اسہ پیٹھ آسہ عذاب نازل - بیہ آسک ژٕ اسہ نش راضی
قہرہ ورای - خشمہ ورای -

وَلَا تَمْكُرْ بِنَا وَاخْتِمْ لَنَا مِنْكَ بِخَيْرٍ وَعَافِيَةٍ
بِلَا مِحْنَةٍ أَجْمَعِينَ - یا اللہ اسہ مہ تراو ناکارہ
عملن ہندہ شامتہ مکرن نہ فریبس اندر - سانو انجام کر بغیر
رنج و تکلیف آسائشہ نہ خوبیہ پیٹھ - سانو خاتمہ کر بالخیر +
(مکر) فریب - ناکارہ تدبیر سوچن - قرآن شریفس منز چھو
وَمَكَرُوا وَمَكَرَ اللَّهُ وَاللَّهُ خَيْرُ الْمَاكِرِينَ - خدای تعالیٰ اسن

کنُ فریبس نسبت کرن چھُ سۄءِ ادب ۔ لیکن عربی کلامس اندر
چھِ بعض الفاظ یِم خطرہ دِہراونہٕ یوان کہ مخالفن گھڑ تہٕ ہندن
الفاظن ہُند جواب تمی لفظن اندر میلنُ ۔ کُفّار آس وَنان اسہِ
دِ تہٕ مسلمانن دوکھہ تہٕ خدای تعالیٰ ان ون یمی الفاظ ۔ کُفّارَو
کرُ مکر ۔ خدای تعالیٰ اَکھ تہٕ کرُ مکر ۔ تہٕ ون اگر لفظِ مکر استعمال
سپُد مُت چھُ ۔ مگر مراد چھ تمہ اندرہ عذاب ۔ مکرُک مفہوم
چھُ یہ کہ یُس شخص سبت فریب چھُ یوان کرنہٕ بظاہر چھُ
اُمِس فریب کرن والِس یوان بوزنہٕ کہ مےٚ چھُ نفع ات اندر مگر
درحقیقت چھُ آسان سۄ تُس سند نقصان ۔
خدای تعالیٰ سُند مکر گو یہ کہ کُفّارن دِتِن کا فر آسِت تہٕ
مال و دولت ۔ اولاد ۔ یُس تہند خطرہ وبالِ جان سپُد ۔
کہ یِم اولاد ۔ سہ دولت گیہ تہنزہ زندگیہ اندر تباہ ۔ یا گو
خدای تعالیٰ سندہ طرفہ مکر یہ کہ خدای تعالیٰ تھو مصیبتس تیار ۔
کُفّارن لگنہٕ بیتہ ۔ مثلاً کفار روزان انکارس پتھ ڈٹتھ ۔ تہٕ
خدای تعالیٰ چھُ تمن نعمت وافر دِوان ۔ تم چھ زانان کہ اگر
انکار مُضر آسہ ہا تہٕ یوت روز افزوان مال و دولت کتنہ بیتہ ما

اَسہ چناچہ قرآن شریفس اندر چھُو وَمَکَرُوْا مَکْرًا وَّمَکَرْنَا
مَکْرًا وَّهُمْ لَا یَشْعُرُوْنَ نموٗنہ کُر مکرن اسہ تہ کُر مکرِ مگر
سانو مکر تاگُ نہ مِتھ بوزنوی ۔

سُبْحٰنَ رَبِّكَ رَبِّ الْعِزَّةِ عَمَّا يَصِفُوْنَ

وَسَلَامٌ عَلَى الْمُرْسَلِيْنَ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ

جانو خدا چھُو منزّہ تہ پاک نمہِ نِش یہ کینژاہ کفّارن تہ مُشرک
تمن دس خَش اندر ونان چھہ ۔ تمام پیغمبرن پیٹھ آسِن
خدایہ سنز رحمت ۔ تمام تعریف تہ حمد چھیہ خدای تعالی
سندہ خیبطرہ مخصوص یُس تمام مخلوقاتک پروردگار چھُو ۔

تمّت بالخیر

بقیۂ صفحۂ ۱۶

فرمودند که بخوان کبریت احمر را که از طرف من مجازی و بر
طالبان مجیز پس حضرت میر سید جمال الدین قادری اندرابی
رحمۃ اللہ علیہ بہ حضرت حاجی میر سید حسین قادری منطقی علیہ
الرّحمہ اجازت و نصاب کبریت احمر عطا فرمود ۔ پس حضرت میر
سید حسین موصوف یک مرتبہ بہ نصاب کبیر دو مرتبہ بہ نصاب
صغیر ادا نمود ۔ ہر سہ نصاب ایشان بدرگاہ علیۂ عالیۂ قادریۂ
غوثیہ منظور شدہ بدیدار حضرت آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم
و دیدار حضرت محبوب سبحانی رضی اللہ عنہ مشرف شدہ بامر و
اجازت حضرت غوث اعظم رض خانقاہ غوثیہ و زیارتگاہ بنا
نمود و موی مبارک حضرت محبوب سبحانی رضی اللہ عنہ مع سند
دران نہاد ۔ بلکہ سہ مرتبہ خانقاہ غوثیہ و زیارت گاہ بامر و اجازت
جدید بنا نمود و تعمیر و ترمیم مسجد جامع کشمیر کردہ و جوی لچمہ کول
بہ یازدہ روز جاری نمودہ در مسجد جامع رسانید و تعمیر
زیارت گاہ حضرت سید محمد امین قریشی منطقی قدس اللہ سرہ نیز
بنا فرمودند و زیارت گاہ دیگر ہم تعمیر کردہ یادگار گذاشتند

آخر الامر بزیارت کعبۃ اللہ یازدہ نفر ہمراہ بردہ روانہ شدند
بعد ادای مناسک ۲۲ - ماہ ذی الحجہ سنہ ۱۳۰۰ انتقال فرمودہ
در مکہ معظمہ در جنت المعلی جوار مرقد مقدسہ ام المومنین حضرت
خدیجہ کبری رضی اللہ عنہا مدفون گردید رضی اللہ والنبی عنہ ۱۳۰۰

تاریخ وفات ایشانست - این ہمہ از فیوض و برکات سہ نصاب
کبریت احمر شریف بود - پس حضرت مولائی و مرشدی
قبلہ گاہی ام حاجی سید محمد قاسم قادری حسینی منطقی ہم رحمۃ اللہ علیہ
ہمین طور سہ مرتبہ نصاب کبیر و صغیر کبریت احمر شریف را فرمودند
الحمد للہ فقیر ہم یک مرتبہ نصاب کبریت احمر دادہ است -

وانا المفتقر الی کرم اللہ السید ابو محمد عبد اللہ القادری المنطقی تجاوز اللہ عن ذنبہ الجلی و الخفی

اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰى سَيِّدِنَا مُحَمَّدِنِ السَّابِقِ لِلْخَلْقِ نُوْرُهٗ وَرَحْمَةً
لِلْعَالَمِيْنَ ظُهُوْرُهٗ عَدَدَ مَنْ مَضٰى مِنْ خَلْقِكَ وَمَنْ بَقِيَ
وَمَنْ سَعِدَ مِنْهُمْ وَمَنْ شَقِيَ صَلٰوةً تَسْتَغْرِقُ الْعَدَّ
وَتُحِيْطُ بِالْحَدِّ صَلٰوةً لَا غَايَةَ لَهَا وَلَا مُنْتَهٰى وَ
لَا انْقِضَاءَ صَلٰوةً دَائِمَةً بِدَوَامِكَ وَعَلٰى اٰلِهٖ

وَصَحْبِهٖ وَسَلِّمْ تَسْلِيْمًا مِثْلَ ذٰلِكَ ۔

ذکر شراح الدلائل ان سیّدنا ومولٰینا الشیخ محی الدین
السیّد عبد القادر رضی الله عنه وارضاه عنّا ختم بهذه
الصّلوة حزبه ونقل عن السّخاوی انه قال افاد بعض معتمدی
شیوخنا ان لها قصّة تفید ان کل مرة منها بعشرة الاف
صلوة وقال الشیخ فی شرحه قال الامام محی الدین الذی
عرف بجنید الیمن رضی الله عنه من صلی بهذه الصّلوة
عشر مرات صباحًا ومساء استوجب رضاء الله الاکبر
والامان من سخطه وتواترت علیه الرحمة والحفظ
الالهی من الاسواء وتسهل علیه الامور قد اجازنی
بهذه الصّلوة حضرت مولانا یوسف بن اسماعیل النبهانی رحمه الله علیه

انا الراجی من الله رحمة السّید ابو محمّد عبد الله القادری المنطقی عفی الله عنه وعافاه

التّاشر

غلام محمّد نور محمّد تاجران کتب مهاراج بازار گنجبار سرینگر کشمیر

الراقم :- پیر حسام الدین المخدومی الخانیاری